# کیالیوٕ کھنم قلمن

(شعرٕ سوٚمبرن)

بہ

پیر حسن انظر

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | غلام حسن پیرزادہ |
| قلمی ناو | : | پیرحسن انظؔر |
| پتہ | : | سیکٹر 'H' ہمدانیہ کالونی بمنہ سرینگر |
| زا جاے | : | کونن-بانڈی پورہ |
| مشغلہ | : | (سأبق سینئر سپرانٹنڈنٹ آف پولیس) |
| ترتیب وتھذیب | : | شہزادہ رفیق |
| کمپیوٹر کمپوزنگ | : | سلمان شوکت تہٕ محمد یوسف |
| گوڈنیُک چھاپ | : | ۲۰۱۴ء |
| تعداد | : | ترٛےٚ ہتھ |
| ٕقمت | : | ڈوڈٕ ہتھ روپیہٕ |

کتاب میلنٕک پتاہ:

۱۔کتاب گھر مولانا آزاد روڈ سرینگر۔

۲۔سکندر نیوز ایجنسی امیرا کدل سرینگر۔

۳۔لون نیوز ایجنسی بانڈی پورہ

---

انظر پبلی کیشنز بمنہ سرینگر

# انتساب

پننہٕ نس مأݪِس تہٕ ماجہِ ہٕندِ ناوٕ

خدا صأبا! تِمن پپٹھ گٔر تہٕ رحم یِمو بہٕ رٕ وُچھٕہس

تہٕ پولہٕ ہس!!



المن کھاۓ جنس چھُم نہ ہمن تے
کیا لیوٚ کھنم قلمن

رحمٰن ڈار

# فہرست

☆ **غزلہٕ تہٕ نظمہٕ (از کالہٕ چہٕ):-**

## نظمہٕ تہٕ غزلہٕ (ابتدائی دور چہ):-

# سوٗنتہٕ واون شُنچھ نوے یژ کائلی وٕنۍ

یَیلہِ نہٕ یہ پۆز نکارنہٕ یتھ ہیٚکہ زِ شعوٗرس پیٹھ گُذریمتین واقعن ہُنٛد — یم تواریخ چھِ بنان — تہٕ دید مان وأری داتن حأری ثاتن تہٕ حأدی ثاتن ہُنٛد اثر چھُ ٹاکارٕ پأٹھی پنُن عکس تراوان تہ ینہٕ والہِ وقتہٕ باپتھ چھُ اکھ گُمان وو پدان' تیلہِ چھُنہٕ یہ وُنن کُلی طورتہِ غلط زِ فنکار چھُ ازکالس منٛز زُوان تہٕ ینہٕ والہِ وقتہٕ خأطرٕ ہیٚکہِ چھُرا اکھ گُمانہٕ کٔرِتھ' تہٕ فنکارانہٕ وُطیرٕ پنُن اوند پۆک کیٛاہ سوٗم دُنیا تعمیر کران۔ یوہے اظہأری فن چھُ دراصل وتہٕ ہأوی ظوٗنگ سکت تھاوان تہٕ چھو کہٕ دأوی احساسن چھلہٕ ودلہِ کرنہٕ آمتین انسأنی رشتن پنٛنی بُنیأدی پۆز نتھ حأصل کرنہٕ باپتھ بأغی بناوان۔ پیرحسن انظر صأبنہِ ''کیا لیوٗکھنم قلمن'' شعرٕ سومبرنہٕ منٛز تہِ چھُ اسہٕ اکثر یوہے پیغام درٛنٹھی گڑھان تہِ کیازِ پیرحسن انظر چھِ شعوٗری طور محسوٗس کٔرِتھ جذبن زیو دِوان۔ مثلاً سأنی مأج کٔشیر چھِ دِیان گبرن تہٕ کوربن کرہَس وتہٕ وبلأے۔

یتھ بستی منٛز کمی اوس وُچھمت یتھہٕ کٕنی موتُک پاگل پن

یوٗ تاہ ماتم اوس نبن کر سوٗ رُمت صبح وشام سیاہ

کمی اچانک شاپھ ییتھ چمنس چھُ دیتمُت انظرآہ
بُلبُلن تے پوشہٕ نوٚلن چھُم کجر ہاوے وولو

یہِ گھرٕ اوس یوٚ تام گلزار ہیوٚ!
پُشرمُت چھُنس کمی ووں اوش تےَ ہٕشر

سوٗہینیمڑ ہوشہِ ڈٲجمڑ زوٚن از
ظاٗلمو زن تاوِ تجمڑ زوٚن از

لتہِ اوس گھراہ نیک خوش اطوار لوٗکن ہُند
لہروو کمی تے کُس یہِ دُتر بنگہٕ ؤتھ گوٚو

فنکار چھُ تیمہٕ بُتلہِ ہُند روزن وول' ماز کریٚنز تہٕ ووزل رَتھ تھاون وول مُنُش۔ پننہِ أندی پکھتیُک اکھ حساس رنگ، بقولِ بریخت، کتھہٕ وَنوتہٕ کیٛاہ وَنو چھُ ازھیٛون رشتہٕ تھاوان یمن بیوٚن بیوٚن کرِتھ ہیٚکو نہٕ أسی اظہارس تہٕ فن پارس منٛز حسن وو پدأ وِتھ" جمالیات چھُ تہٕ کنی اکھ نظریہ بنان یُس زوٗلی عالمُک حُسن ونہِ چھُ کڈان، سماجی تہٕ فطری رونہٕ ظولنس نزدیکھ اَسنہٕ کنی چھُنہٕ کانٛسہِ انسان سُند عام پأٹھی تہٕ فنکار سُند ؤطیرٕ خاص پأٹھی انحرأفی آسُن صحیح باسان۔ تجزیأتی سوٚتھرس پیٹھ سرنہٕ سزنہٕ ستی چھُ پےَ لگان زِرُت باسنُک یا رُت آسنُک ییتھ أسی خوبصوٗرتی چھِ ونان چھُنہٕ پرٕتھ سماجس منٛز ہشر

تھاوان۔ یہِ چھُ سطحی طور جمالیٲتی تصور تسلیم کرنہٕ ستی۔ تصوٗر ییلہِ عالمی قبوٗلیت پراوِ یا پراونچ کانٛہہ گُنجاٮ۪ش تھاوِ یہِ چھُ اصوٗل بنان۔ یہِ گژھِ پرتھ ربوایژپٹھ برتری حاصل کرُن۔ شاعر اَدیب تہٕ فنکار گژھِنہٕ بےٚ ڈھنگ تہٕ بےٚ قاید اَسُن۔

یہِ سومبرن ''کیٛا لیوٚ کھنم قلمن'' پرٛتھ چھُ اکھ محسوٗس سپدان زِ پیر حسن انظرؔ چھِ اظہارس منٛز جمالیٲتی ظوٗنک یوٚہے تصوٗر ورتاوان یُس حقیقی چھُ۔ قابل فہم تہٕ قابل ادراک چھ۔ اتھ منٛز چھُ باوتھ تہٕ روٗ یہِ یکوٹہٕ رٲلتھ اکھ جمالیٲتی شعوٗر تہٕ روٗنہٕ ظوٗنہٕ خاطرٕ سرگرم گژھنہٕ موکھہٕ ول آزٕماوان۔ اتھ منٛز چھُنہٕ سیاسی مٔژر یا فلسفانہٕ گٹہٕ زول یُس پرن وٲلس ناراضگی یا مویوٗسی پٲدٕ کران۔ لفظن منٛز زندٕگی تہٕ زندٕگی ہندی ووسنس انن واجیٚنۍ شرارت ٹاکارٕ پاٗٹھی عیاں، فنکارانہٕ شرارتھ چھِ شدتِ جذبات تہٕ احساسُک نتیجہِ آسان۔ پیر حسن انظرؔ چھِ فکرِ تہٕ شرارت جذباتن حوالہِ کرنہٕ بدلہٕ جذبس پننہِ اظہارُک مُدعا تہٕ مقصد بناوان۔

لُکھ وچھان بس آسہٕ وٕنس میاٮ۪نس بُتھس، ونہٕ کیاہ تمن
چھُم دِلس منٛز کُس طُفانا کس مٔژر ہاوے وولو

اَز تہٕ چھُکھ سقرآط کُس تام مورمُت
بازرس منٛز بےٚ یہِ لُکن اٮ۪ج مٔژ چھِ چھگ

وٕوں نا گۄژھ نہٕ سہلاب پیۄن روتلی ییتھ
کولن آب کوتاہ ہُر یومُت ژےٚ وُچھ تھاہ

وُٹھن چھِ ازلے مےٚ ترٛیش لیکھتھ
چھُ ناگ تامت سراب باسان

خدایہِ زانٛہہ تہِ گۄ ژھ نہٕ پیۄن جدا گژھُن وٕوں پانہٕ وٲنۍ
زانٛہہٕ تہِ یہِ لولُک فِضا گژھِن مہٕ اشکبار ہیؤو

یمن شعرن منٛز چھُ کرب، اضطراب، بے قرٲری تہٕ زوٲلانن منٛز بند انسٲنۍ تحریرس، تقریرس تہٕ حالاتن بُتھہِ للکُک ترغیب دِنہٕ آمُت۔ییتھ فنکارانہٕ مہارتھ وُزناوِتھ، شانت سۄدرکہِ سوبٲوی ؤطیرٕ سونٛچہ تھزٕ رٔخشنہٕ چھُ آمُت۔ باسان چھُ زِ پیر حسن انظرس چھُ تحقیقی عناصر تہٕ فکری تاثرٕ کہِ اہمیژ ہُنڈ پوٚرٕ پےٚ، تہٕ چھُس یُہنڈ اتحاد تہٕ یکسوٕیی کنی جمالیٲتی پٲراوُک تہٕ فلسفانہٕ ہمہ گیری پراوُنک وَل تہِ معلوٗم۔ییمہِ کِنۍ تھی ہیؤی شعر چھِ سومبرن منٛز ونہٕ یوان۔

مےٚ اکھ وٲنسا گٔیم وونۍ پننہِ شہرُک شورو شر بوزان
خبر از پۄت ونن منٛز وِگنہِ ونہٕ وُن چھا تہِ رٔژھراٲوِتھ

سہٕ چھُ نیب پرٛژھان پرانہِ شہرُک وُنہِ تہٕ وأرانن
تس پوشہِ تن وُچھ سوسنیأمژ تاپہ کراین منز

سہٕ ناوُک پارسا ژکہِ درآو دُشمن
نمو نِشہِ دوٗرِ راوان اوس مازس

یس آے کانٛچھان روٗدی تے زُو جان فدا کوٚر
سُے شرٛاکھ ہتھ اوسُم مےٚ زاگان بایہ، ونے کیاہ

یِیمہِ کتابہِ ہنزٕ ساریےٚ تخلیقہٕ چھہِ سانہِ پُرآشوب کالچہٕ نفسیأتی ردِعملہٕ کِنی لیٚکھنہٕ آمژٕ۔ ازیِیلہِ سیأسی، سمأجی، ثقافتی تہٕ انسأنی رِشتن ہُند نفسیات دوٚدِرتھ بُنیأدی سوٚتھرِس پیٹھ زمانہٕ کیٚو ناہنجار واوِ رِنکشوٚستی توہ پھلین ہندی پأٹھی وُپھِتھ چھِ گژھان۔ اعتبأریت چھِ پٔنٛنی پرٕتیتھ لیلام سپدان وُچھان۔ اتھ نسبت چھِ حقیقت پسند وٕطیرِ اختیار کٔرِتھ اظہارس منز جمالیأتی پأراوُک ظون تھأوِتھ باوتھ کرٕنی اکھ حوصلہٕ بخش کارنامہٕ۔

مُرِس منز چھُ آدم ژمیوٚمُت ژےٚ وُچھ تھاہ
گرس پننہٕ نِسے منز کلیوٚمُت ژےٚ وُچھ تھاہ

ریٚشی وأر کتھہٕ کُنی مشترک مأدان بنیمژ
انظر دپان ئلو زاے ییتھ خلدِ برینس منز

زٔنٛدٕگی ہٕنٛزٕن کھٔرۍ ناوُن کھوژنہٕ کِنۍ چھُ سائنٛس باوٕتس کھٔر یوان یُس کھٔر پرٕن وأرِلس کاسُن چھُنہٕ تگان۔ یہِ سون شاعر چھُ کو پتھ گرشھتھ اکھ تیٚتھ ابہام پأدٕ کران یُس ووزم ووٚرُدظون باسنہٕ کِنۍ لُوکہٕ لے چھُنہٕ پرأوِتھ ہیکان۔ سُہ ابہام یُس علامژن پُشراونہٕ مگر غیر معروضی ہٕشرٕ ستی چھُ پأدٕ گرشھان چھُنہٕ زبأنی یا اظہارٕ وٕطیرٕس کانٛہہ سوچھ واتناوان۔ یم علامژٕ، تشبیہہ تہٕ اشعارٕ چھِنہٕ سیٚدٕ سیٚوٚدکانٛہہ تہِ لغوئ رشتہ پأدٕ ہیکان کٔرِتھ۔ مگر ’’کیالیوٚ کھنم قلمن‘‘ کتابہِ منٛز یم تشبیہہ، علامژٕ تہٕ اِشارٕ استعمال چھِ کرنہٕ آمتۍ۔ تم چھِ اکھ پیغام دِوان تہٕ ظون وُزٕناوان، یِیمہِ ستۍ فنکارانہٕ جمالیأتی شعوٗرس توارٕنخی پرٕتیتھ تہٕ سیأسی، سمأجی تہٕ اخلأقی نفسیاتُک تعمیری تہٕ وتہٕ ہاوی وٕطیرٕ بارسَس چھُ یوان۔

نیبرٕ تہٕ چھُنہٕ بوزُن لایق کیٚنٛہہ
گھرِ تہٕ یوہے زور کوٚل پچھِ تالو

ووٕنۍ ہوشہٕ یِتھ ہاران چھُ کوٚتاہ خونِ دل چشمو
گوڈٕ ئِلۍ کھوٚتمن پوٚنسن پٔتن دستار کٔنِتھ گوٚو

پیر حسن انظر صأبنہِ یِیمہِ شعرٕ سومبرنہِ ہُنٛد سرٕنہٕ تہٕ پرٕنہٕ پأٹھۍ مطالعہ کرنہٕ پتہٕ چھُنہٕ یِتھ پرٕرس نکارٕ یہِ شأعری چھُنہٕ سیأسی یا سمأجی انتشارٕکی فقط انقلأبی نعر بلکہ چھِ یِمہِ بأژتی منٛزٕ نہِ یمہِ باضی احساتی سُنٛد پٕرٕ تراون

وول کامہٕ دیوتہٕ پننہِ ماجہِ زیٚوِتہٕ وطنکہِ شاندارتہٕ شہکارتوارتخی گرہنٕز وٕنی تہٕ سنہٕ وٕنی آلوتہِ۔ أخرس واتہٕ ناوٕ بہٕ پنٕن یہِ مختصر جایٕز پیرحسن انظرصأبنہٕ یِیمہِ شعرٕ ستی أند۔

خونہ سٕری آلو ژواپاسے گرٕشان
سوزِ نادے امنٛگے سنطور از



مرکزِنوٗر
شوپیاں کشمیر

شہزادہ رفیق

# پننٕ کتھ

پننٕ گوڈنچ کأشر شعر سۆمبرن ''کیا لیو کھنم قلمن'' پیش کرنس ہتی ہتی چھہ مے مناسب باسان زبہٕ دمہ پنُن اکھ مختصر تعارف تہٕ بیہ کر پننہٕ نِس تخلیقی سفرس متعلق تہ کینژہہ کتھہٕ عرض۔

بہ چھس کہہ اکتوبر 1956ء کہ دوہہ بنڈپورکس اکس لۆکٹس مگر خوبصورت گامس ُکونن' اس منز زامت۔ أ کِس معزز پیر گھرس منز زبنہ سبّبہ رُود مےٚ اکھ علمی تہ مذہبی ماحول میسّر۔ 1973ء ہس منز کورم گورنمنٹ ہائی سکول بنڈپورِ میٹرک پاس تہ پیوم مزید تعلیمہِ خأطر گورنمنٹ ڈگری کالج سوپور گژھن تکیازِ تمن دوہن اوس نہ بنڈپوری علاقس منز کانہہ تہ کالجاہ۔ سوپور کالجس منز میوٗل مےٚ اکھ رُت تعلیمی تہٕ ادبی ماحول۔ شعر گوئی ہُندیُس رونہ ظون مے ہائی سکول کمن دوہن منزِ ے کۆرمُت اوس سُہ گوو وُنی أکس مِتس شوقس منز تبدیل تہ کنُوہ ؤری وأنسہِ منز پُرمے اتی کالج سوتھرکس مشأعرس منز پننٕ گوڈنچ کأشر غزٕل تہِ ییمیُک مطلع یتھہٕ کنٕی اوس۔

بیہِ سمتھ غزلاہ گیوٚو بیہِ لول ورتاوو متو
سونتہٕ واوس ہتی نیرو باغ پھولراوو متو

اَمہِ مشاعرٕچ ریکارڈنگ آیہ کینٛہہ دوہ گوٛھتھ ریڈیو کشمیر سرینگر پیٹھہ نشر کرنہٕ۔ مےٚ میوٗل حوصلہٕ تہٕ لوٚگس کاشرِس بلکہ اردوہس منٛز تہٕ لیکھنہٕ۔ یمنٕے دوہن سپٕز میأنی اکھ اردو غزل تہٕ افسانہ تہٕ کالجہ کس میگزین ''ولر'' س منٛز شایع۔ وارٕ وارٕ لوٚگس بہ ریڈیو کشمیر تہٕ دوردرشن سرینگر کمن ادبی پروگرامن منٛز تہٕ شریک سپدنہ۔ روزنامہ اخبار ''آفتاب'' کیٚن ادبی شمارن منٛز تہٕ لگی میأنی افسانہ تہٕ غزلہ بیترٕ چھپنہ۔ 1977ءہس منٛز گوس بہ علی گڑھ مسلم یونیورسٹی تہٕ کوٗرم ایم۔اے فلاسفی۔ علی گڑھ کس علمی تہٕ ادبی ماحولس منٛز روٗدُس بہ پٔنٛنس کلاسس منٛز حسب عادت پوزیشن پراونٛچ کل آسنہٕ باوجود تہٕ کالہ پگاہ سپدن والیٚن سمینارن تہٕ مشاعرن منٛز شریک سپدان۔ برصغیر کیٚن معتبر شاعرن نقادن تہٕ عالمن بروٗنٛہہ کنہٕ بہٕن تہٕ کلامہ پرُن اَسہِ بڑٕ سعادت باسان۔ ایمہ زٕ وری اَسی یقیناً میانہ تخلیقی سفرکی بلکہ پورٕ زندگی ہٕندی بہترین تہٕ سنہأری ؤری۔ مگر یہ سلسلہ روٗدنہ زیادٕ کالس چلہٕ وٗن۔ یہ ووت اپریل/1979ءہس منٛز تمہ وزِ اچانک اندیبلہِ بہ گندان گندان ایم۔اے مکمل کرنس ستی جموں و کشمیر پولیسس منٛز ملأزم لوٚگس۔ مےٚ اَس خوأہش زِ پی۔ایچ۔ڈی کرِتھ کرٕ بہ یونیورسٹی منٛزے پرناونک پیشہ اختیار مگر اکہِ لٹہِ تھوٚے خاکی وردی لأجم پتہٕ موٚکلیوس نہ زانٛہے۔ وارٕ وارٕ گوم سوٗرے کینٛہہ مشتھ۔ پولیس سروس جوائن کرنس کریوم احتراز مگر گھر کیو لیو کھم چھٕ منٛز زِ بروٗنٛہہ کینہ وأتی متس بتہٕ بانس شوٗبہ نہ دکہٕ دِیوٚن۔ لوتےٚ کوٚرُم جوائن تہٕ یوٚے گوس

31 جنوری / 2014ء کہ دوہہ تقریباً پانژ ترہ ؤری ملازمت مکمل کرنہ پتہ سبک دوش۔ یوٚ ہے چھ وجہ زِ میأنی یہ گوڈنچ کأشر شعرِ سوٚمبرن ہیچھ نہ از تام شایع سپدِتھ۔ میےٚ چھ پتہ تہ یمہ کتھِ ہنٛزٕ خوشی زِ دوہ راتھ آورروزنہٕ باوجود تہِ رؤدُس منٛزٕ منٛزٕ کینٛہہ ژیٚہہ بچاوان' شعرونان تہ ؤنی مُتِس کلامس سأمتھ سنبھألِتھ تھوان یوٚسہ یتھ شعرِ سوٚمبرنہ منٛز پیش خدمت چھ۔ سرکأری ملازمتس دوران کوٚر میےٚ 2009ء ہس منٛز اردو کلامہٕ ''صبا صورت'' ناٲوی شعر سوٚمبرنہٕ منٛز شایع تہ یِیلہ تہِ ممکن سپُد بہ رودُس ادبی محفلن منٛز حاضری دوان۔ پٲنٛژ اچھأنژِ افسانہ تہ تنقیدی مضموٗن بیترِ تہِ کرِکھ انشاء اللہ عنقریبے شایع۔

بہ اوسُس واریاہ کالس حافظ تخلص تھأوِتھ حافظ حسن تہٕ حافظ کاشمیری ناولیکھان مگر اکِہ دوہہ یِیلہ میےٚ کأشر ادبچ تاریخ' پران پران وُچھ زِ برونہہ کالہ تہ چھ رتن پور پلوامیوٚک اکھ شاعر غلام حسن شاہ حافظ گذریومُت میےٚ دوپ تس تہ میےٚ ہیکہ گُنہ وقتہ گیٚڈ گرٕھتھ تہ ممکن چھ میون لیوکھمت کوٚرمت ما گرٕھہِ گُنہ دوہہ تمی سٕندس کھاتس منٛزٕ درج تہ بہ روزٕ اتھ ہاوان۔ کینٛژ ہو ؤرِیو پتھہٕ چھم ووٚنی ''انظر'' تخلص راس آمُت۔

یمہِ کتابہ ہنٛزٕ کمپیوٹر کمپوزنگ چھ تمہ لیکھن ترایہ نشہ ہنا مختلف اندازس منٛز کرنہ آمژ یوٚسہٕ کینٛہہ کالہٕ پیٚتھ کشیرِ منٛز عام طورورتاونہ چھ یوان۔ وجہ چھ یہ زِ بہ چھُس نہ بلا ضرورت گُنہ تہ اردو فارسی یا عربی کِس لفظس یا اصطلاحس بدلاونس یا مسخ کرنس رُت زانان۔ تکیازِ تمہٕ ستی چھ اصل لفظس تمہ کِس

مؤلس نِشہِ ژھینن گژھان تہ ینہ وأٮِلس وقتس منز بنہ ایمن لفظن ہۆند سمجھن سبٹھاہ مشکل۔ اکھتۆے گژھ، ایژھوحرکژ وۍتی کأشُر بولن والین تہ عربی فارسی تہٕ اردو والین درمیان اکھ دۆر بر پأدہ۔ ییتھ کتابہ منز چھُ لیکھنُک طریقہٕ سُے یُس زن "نیب" تہ "نہج" ہوین رسالن ہٕندی مُدیر ورتان چھ۔

ییتھ شعر سومبرنہ منز چھ میانین نوین تہ پرانین شعرن ہُند اکھ گلدستہ پیش کرنہ آمُت۔ امہ چھ میانہ زندگی ہندین مختلف مرحلن ہندی نقش۔ شعر گوئی نسبت چھ میون نظریہ یوہے زِ اکھ شأعر چھُ تِی بھاوان یہ کینژھا تس لسأنی روایژ وتہٕ أندی پکھی کیۆ حالاتو نِشہِ میلان چھ البتہ تس کۆتاہ تخلیقی بتر آسہ تہٕ سُہ کۆتاہ ہیکہ پنُن اظہار مأری مۆند بنأوِتھ تتھی پیٹھ چھ سورُے دار و مدار۔ اثر چھ بہر صورت تیٖلے ہُران ییلہ تجربہ تہِ پۆز آسہِ تہ تخلیقیت تہ بدس آسہِ۔ بییہِ ہیکہ اَکھ رُت انسانہٕ رُت شأعر تہِ بٔنتھ۔ کأنسہِ' بے اصول' تہ دیوانہٕ سُند کلامہ آسنہٕ پریشان خیالی ورأے کینہٕ۔ یہ چھُنا پۆز زِ اکھ رُت مسلمان تہ عاشقِ رسولے ہیکہ رُت نعت لیکھتھ تہ اکھ رُت شہری یوتوے ہیکہ سماجہ خأطر رُت ادب یا شأعری پیش کرِتھ۔ سأنی ٹاٹھی پیغمبر صاب اُسی تتھی شعرس پسند فرماوان۔ ییتھ منز اکھ رُت اظہار تہٕ ژرِ چی دعوت آسہ ہا۔ حضرت حسان بن ثابت تہٕ دۆیمین نعت گو شأعرن اوس مرحبا جایزٕے۔ رسولِ کریمؐ چھ امرأ القیس ہندس کلامس تہِ پرِ اثر اظہارٕ کِنی تعریفن لایق مانان یوٚدوے تس مُخرّبِ خلاق مواد موکھہِ جہنمچہ وتہ پکن والین شأعرن ہُند سردار تہ ونو کھ۔

أتھۍ رِوایتس تحت چھہ وننہ آمُت زِ

شعر را مقصود گر آدم گریست　　　شاعری ہم وارثِ پیغمبریست

شأعری منز چھُ نوبر بڑ ضروٗری مگر حدٕ نیرِتھ چھہ یہِ کلاس مذاق تہٕ بناوان شأعری گژھہِ نہٕ مدہوش یا مایوٗس کرٕ وٕنی تہٕ آسنہٕ ۔ یہِ گژھہِ اکھ سوٗنزل ہِش باسنہٕ یتھ منز زندگی ہٕندی سأری رنگ میلن ۔ یہ چھُ ژٕ کہِ تیمہِ کوٗلہِ ہندی پأٹھی آسان یوسہٕ نیریوٗ نیو تہ مادانو منزی پننۍ اکھ لولہٕ ہوٗت گرٕ یزاہ تُلِتھ چھ پکان تہ ییمیک پکُن سارِنے خوش چھ کران ۔ ییمہ کہ صاف آب ستی چھ سأری مستفید تہ سپدان ۔ اتھ کوٗلہِ یا دریاوس منز ییلہ ہوا گرایو ستی لہرٕ چھ ووتھان امیُک حسُن چھ ہُران ۔ ادبی تحریکہ چھ عام طور ایمے لہرٕ ہِشہ آسان ۔ مثلاً ییلہ انگریزی ادبس منز کلاسیکیتھ تحریک شاعری خاطرٕ گُرِتھ ژٕرِتھ لفظٕ ورتاوٕ کس انتہاہس وأتژہ تیمہِ کہ ردِ عملہٕ کس صورتس منز آیہ رومأنی تحریک برونہہ کُن تہ اُج شعر کہ اظہار خأطرٕ عام لب و لہجس ورتاونہ ۔ اردوہس منز تہِ ییلہ غزل محض عشق و متی بلکہ سستہٕ جذباتیت بنیا یہ مولانا حالؔی تہ دویم کینہہ لکھ لگی اتھ خلاف آواز بلند کرنہ ۔ ایمہ قسمہٕ چھن ادبی تحریکن ہُند چھ بہر صورت رُتوے اثر پوان ۔ اتھ برعکس چھ کینہہ تحریکہ شأعری ہٕندس شوژرس آبہ دریاوس منز زنتہ یو ہے ژھوٹ تہ بدرو ہوٕی رلان یمہ ستی یہ کوٗل یا دریا وآلودہ چھ سپدان ۔ میأنی کنی چھہِ یورپس منز ووتھن واجنہٕ کینہہ ادبی تحریکہ تہِ یوٗ ہے عملاہ کران ۔

یوٗرپس تہٕ امریکہ ہس منٛز چھہ دراصل نشاط الثانیہ ٔ اوٚی انقلابہ پتہٕ ووتھن واجنہ اکثر فکری تہٕ ادبی تحریکہ مذہبی عقیدہ نِشہٕ بدون نظریۂ حیاتس پٮ۪ٹھۓ دٔرِتھ۔ خودغرض حکمرانن تہٕ مذہبہ کیٚن ٹھیکہ دارن خلاف احتجاج کران کران گۓ تِتھۍ لٔگِتھ حدٕ نیرتھ تہٕ لٔگۍ روحس تہٕ روحأنی زندگی تام یب کرنہٕ۔ فلسفس ستۍ ستۍ لٔگۍ شاعری تہٕ ادبس منٛز تہِ لادینی اندازس منٛزے سوچنہ سرنہ۔ لِسانی تجزیہ کران کران وون منطقی ثبوتیت کیوٚ علمبردارو یوٚت تام زِ زبأنی تہٕ ادبہ منٛزٕ گژھن تمہ سأری لفظ کڈنہ یِن یمہ نہ کُنہِ طبعی طور قأبل مشاہدہ چیزٕ خأطرٕ استعمال آسن سپدان غرض روح، خدا، آخرت وغأرہ۔ ژکہِ چھُ تتہٕ روحانیتس یب کٔرِتھ یہ خیال عام گوٚمت زِ انسان چھہ ژکہِ مادی ضرورتن تہٕ آسأیشن ہوٚندے یوت محتاج ۔ یوٚ دوے أمۍ سوچن ترایہ کٔنۍ یورپ تہٕ امریکہ مادی ترقی پراوان گوٚ تہٕ عالمی چودھری تہٕ بنیاے مگر نفسیأتی تہٕ روٗحأنی بحرانن منٛز چھہ آمتۍ ہیٚنہ۔ اتھ برعکس چھہ مشرقی ملکن منٛز لُکن وُنہِ تہٕ عام پأٹھۍ مذہبی عقیدہ تہٕ ایمان میسّر۔ کأشرِس منٛز یوٚ دوے انگریزی تہٕ اُردو کہ ذریعہٕ مارکسیت، ترقی پسندی، وجودیت، جدیدیت، تحلیل نفسی ساختیات تہٕ پس ساختیات یا ردِتشکیل ناوٕ چیٚن تحریکن ہوٚندکانٛہہ اثر محسوٗس کرنہٕ تہِ ییہ مگر پزر چھہ یہِ زِ یمہٕ تحریکہ چھنہٕ نفسیأتی طوراسہِ ویہ ۓنہِ تہٕ سأنۍ اکثر شأعر تہٕ ادیب چھنہٕ ایموتحریکو نشہ پزنہ پأٹھۍ زأنی یاب تہِ کیہشۍ۔ وُں اگر کینٛژ ہوٚ تھیٚکن گربو امہ پانہ ناوِ منٛز تہِ چھہ یوٚتھ زِ ناو نیریکھ حقیقتاً چھہ تمہ تہٕ ایمہ ستۍ گولہٕ پأری بنیمٕتۍ۔

میأنۍ ۔کنۍ گژھہِ نہٕ شاعری دأنشور طبقس خاطرے یأژ آسٕنۍ تہٕ نہ گژھہِ حد درجہ عامیانے آسٕنۍ ۔ اُمید چھ زِ میون کلامہٕ ییہِ أتھۍ پۆت نظرس منز پرنہٕ تہٕ پرکھاونہٕ ۔

شعر گوئی نسبت رٕ دی میأنۍ کینٛہہ یار دوست میٚے وقتاً فوقتاً یہ مشورہ دِوان زِ بہ لیکھ صرف تہٕ صرف کأشرِ سٕۓ منز تکیا زِ تِمن اوس باسان زِ اردو چھنہٕ سأنۍ ماجہ زبو بلکہ چھ اکھ نبرم زبان ۔ ایژھہِ سوچن تر ایہٕ ستۍ ہکہِ نہٕ میٚے اتفاق أستھ ۔ بہ چھس لسأنۍ روادأری ہوند قأیل تہٕ میٚے چھنہ کأشرِ سۍ ستۍ ستۍ اردو انگریزی ہندی تہٕ دویمہ زبانہ ورتاونس منز تہٕ کانٛہہ قباحت باسان ۔ وُں گو اردو ہس ستۍ چھُم اکھ جذبأتی وابستگی تہٕ روزٕ مژ یوٚسہٕ کأنٛسہِ تہٕ ذی شعوٗر کأشرِس آسٕنۍ گژھہ ۔

شأعری چھُ اکھ "مقدس دیوانگی" تہٕ وننہ آمُت تہٕ میانہ ایژھہِ دیوانگی منز ہُر بر کرن وألی چھ گوٚڈٕ کینٛہہ آدن کالکی یار دوست خاص کٔرِتھ پیرزادہ مشتاق متینؔ، اسمٰعیل آشناؔ، ڈاکٹر حیات عامر حسینیؔ، منیب الرحمٰن ابنِ کاملؔ، پروفیسر مجید مضمرؔ، ڈاکٹر اسد بدایونی تہٕ پیغامؔ آفاقی شکریہ سان ناوٕ ہیٚنۍ لایق ۔ ستۍ چھ طالب علمی ہندز مانکی اساتذہ جناب سلطان الحق شہیدی، پروفیسر وحید اختر تہٕ خلیل الرحمٰن اعظمی مرحوم تہِ ۔ عملی زندگی ستۍ آوٗر گژھنہٕ پتہ رٕ دی محترم پروفیسر رحمٰن راہیؔ، پروفیسر غلام رسول ملک، سیفی سوپوری، پروفیسر غلام محمد شادؔ تہٕ پروفیسر قدوس جاوید تہٕ وتہ ہاوکی بٕنتھ شعر گوئی ہنز ترغیب دِوان ۔ یِمن

سارنۍ ہوٚندتہِ چھُس شکرگذار۔

محترم رفیق رازؔ اسمٰعیل آشنا،شہزادہ رفیق تہٕ ڈاکٹر نذیر آزادصأب تہٕ چھِ تھ شعرِ سوٚمبرنہ پیٹھ تبصرہ یا تجزیہ لیکھنہ باپت شکریہ ہِکی حقدار۔شہزادہ رفیق صأبن چھ مےٚ شعرِ سومبرنہِ ہُنٛد ناوژارنس تہٕ کلامس شیرٕ پأر کرنس منٛز خاص اَتھ روٚٹ کوٚر مُت ۔یِمن ہیٚکہٕ نہٕ ہورِتھے ۔ سلمانٕ شوکت ،رمیز شوکت تہٕ محمد یوسف صابن چھ کلاچ کمپیوٹرکمپوزِنگ گرمژ بہ چھس یِمن سارِنی ہُنٛد سبٹھاہ شُکرگذار۔ أتھی ستی چھُس بہ مألِس ماجہِ بیٚنِن باین پننہِ خاندرنہ تہٕ شُربن ہُنٛد تہِ شُکر گذار ۔تِہنٛد اصل حساب چھُم بہر حال دِلہٕ ہےٚ منٛز رٕژھرِتھ۔

از چھ میأنس کأنسہٕ کُٹس نیچوٚس محمد ندیم الاسلام صأبن زادوہ تہِ۔ یوہے دوہ چھُسن بہٕ یِیمہِ کتابہِ ہِنٛدِ شایع کرنہٕ موکھہٕ منأسب ترین دوہ تہِ سمجھان۔

احقرالعباد<br>پیرحسن انؔظر

سرینگر<br>۵مئی۲۰۱۴ء

# رَبُ العالمینس کُن

ژٕ چھُکھ خألق تہٕ مألک کائناتس
زمینس آسمانس شش جہاتس
دِوان چھُکھ اِذن ژےٚ موتس حیاتس
عطا مقصد کران چھُکھ طلسماتس

خطا گری گری چھِ أسی پراران نجاتس
وُں گژھ بخشِتھ چھوٚنی کیاہ پاک ذاتس

بِنتھ سرکش تہٕ ظألم کوٚت ژلو أسی
ژےٚ برأوِتھ کتھ لگوتے کیاہ کروأسی
پکو أنی ژھارِ کوگُن کیاہ سرو أسی
بِنتھ پٔشی کیاہ لسوتے کیاہ مرو أسی

کرم کر نتہ عذابس کیاہ درو أسی
وُں گژھ بخشِتھ چھوٚنی کیا ہ پاک ذاتس

دوہے طمہن امارن رٔودی لأری
بُجر وأتتھ کران أسی آہ و زأری
سبٹھاہ اسہِ محشرس منز سپد خوأری
سِیاہ کارن کرکھ نَے پرٕدأری
مُرٕر از رحمتکو درواز سأری
وُں گژھ بخشِتھ چھوٚنی کیاہ پاک ذاتس

کرم چونے لبو یوٚدوے ہدایت
چھِ پانس تام کس پزاوِنی ہدایت
رٕتّن بخشِتھ رسالت تے ولایت
تمے ہرسو چھِ ورتاوان شرافت
عطا ییٚتہٕ یور کر اچھرن صداقت
وُں گژھ بخشِتھ چھوٚنی کیاہ پاک ذاتس

أزِکی لُکھ کلہٕ پٔژن برٛ ونہہ کنہِ ژٔرے نومران
مگر سأتی فسادن آے کانچھان
وتو پیٹھی بلہٕ مراں یا کأنسہِ ماران
یہ ڈیشِتھ نب چھُ چشمو خون ہاران
زمانس کانٛہہ نہٕ سیٛز کتھ فکرِ تاران
وُں گرٛژھ بخشِتھ چھوٚنی کیاہ پاک ذاتس

دِکھے توفیق أسی عالم سجاوو
زمانس مقصد تخلیق باوو
کرو اَتھہٕ واس دِلدأری ہٕناوو
بُنتھ اِنساں محبت بأ گراوو
زمینس زُو وَنڈو جنت بناوو
وُں گرٛژھ بخشِتھ چھوٚنی کیاہ پاک ذاتس



# حمد باآری تعالیٰ

ژٕ نورٕ آ گُر تہٕ پرٚزٕ لہٕ ونی أندی پکی ژٔے چھی آفتاب یا رب
وُں گوو چھن والِنے رکاوٹ بنان چھ گاشُک حجاب یا رب

زمین تے آسمان چھ پزی کنی مأری منٛزاکھ کتاب یا رب
رسُولِ امی لقب تہٕ قرآن ییمکو ژٕ سُنھارٕ باب یا رب

ژٕ لولہٕ والین تے نیک لۆکن کران چھک پانہٕ رأچھی راوٕتھ
ژٕ چھُکھ نہ زانہہ بے سبب کرانۍ کأنسہِ نأزِل عذاب یا رب

ہیوٚ کُس نہٕ از تام نفسہٕ کس ہُستِس زانٛہے لاکم بہ چأرِتھ
چھُ اُمتی أسِتھ نبی صأبُن مےٚ کُھرٕ لد حساب یا رب

اُمید وأرٕ کران چھ رٔتی سےٚ وُں گوغمٕچ گُر تہِ آیہ ہر گاہ
دِلس اندر گوٚ ژھ وُزان روزُن یہ بندگی ہُند رباب یا رب

ژٕ کُنہِ تہِ حالس اندر مہربان بہ تا ابد بس چون انٛظر
عطامےٚ کوٚر تھم یہ رُت تخلص یہ بوڈ شرف تھو خطاب یا رب



# مناجات

دِلس سوکھ تہٕ چشمن عطا نور کرتم
رُحس غفلتٕچ زانڈ چھم دوٗر کرتم

رچھکھ نے تہٕ وأران کرہم ہوش مٔندی
مےٚ دوہ راتھ کلوالہٕ مخمور کرتم

سوٚدُر چھم مےٚ درپیش وہمک گمانک
پکھن زُو عطا وونی مے بھرپور کرتم

وبرٕھکھ نے تہٕ شُری بأژ کیاہ سوچھ مےٚ کرتم
ژٕ پانے گرٕھُم دٕے تہٕ مسرور کرتم

گوٚژھم مٔشدِ اندر مےٚ معراج باسُن
عطا سجدٕنے جلوہ طور کرتم

بہٕ ہر آنہٕ پرٕہا فقط گیت چأنی
میٚسر مے سُے سازو سنطور کرتم

یمن مہربان چُھکھ ترٕمن سِتی تُلتم
خطا کار أستھ تہٕ مغفور کرتم

بخشتم مے قربِ نبیؐ محشرس منٛز
یوہے چھم دُعا خاص منظور کرتم

# حمد

ژٕ چھےٚ لولہٕ والین دوہے ماے برٕ مژ
خلوصس عطا چھےٚ فضیلت ژٕے کرمژ

ژٕ چھکھٕ عاأرفن عاأبدن پیٹھ مہربان
پننٕ دارِ لےٚ چھےٚ تِمن رِکژ مُژرمژ

ژٕ مہلت دِوان ناوِ کین ہوشہٕ والین
چھِ یوٚ دوے بچارٕ بن عقل تارٕ تُرمژ

کران یَب چھہ تُہنٛدِس وجودس تہ روحس
انبر چھکھ پزِج وتھ زانٛہے چھکھ نہ سُرمژ

چھِ شِنہٕ ستی تاپس اندر زنتہِ کِکون
وُں روشن خیالن أچھن ژھاپٹھ فُرمژ

یہ بُترات بأرودٕ ستین یمو برٕی
چھہ تمہٕ وِے بتھن پارسأیی تہ مُرمژ

دِلس منز چھہ انظر کران جایے تمہٕ نے
یمن چھےٚ مسلسل عنایت ژٕے گُرمژ



# نعتِ نبیؐ

زۏن تارکھ چھو کران گتھ صورتس
آلوان زُو أسی تہِ تٔہندس سیرتس
دیُت مکانس لامکانس وون سبٕٹھاہ
شۏب وُچھ بس تٔہند ئستی قدرتس
رٔشی تٔہنز تیمٕی نالی ژھنٛز لتس کیاہ چھُ غم
چھُنہٕ سہٕ روزان لور ایزس شوہرتس
بُتھہِ یوان سُلہ ژیرٕ چھی رٕژرٕے رتٕن
پۏز اثر بدٕلے چھ تٔہندس صحبتس
عاشقس تٔہندس کوڈُر وَتھ أسی تن
ئستی ما ہیٚنہِ زانٛہہ مگر بے غیرتس
بُستٕین منٛز قتل وغارت عام ووٕنی
قامتھے چھُنہٕ رودمُت آدمی رتس
پیر انظر کیازِ چھکھ تنٛبلان ئلی
ژھاے چھا محدود تٔہندِس رحمتس



# نعتِ نبیؐ

یُس نۆر یِو اوس آدمسٕ پرٕزلان جبینس منز
سُے عالمس از جلوہ چھِی ہاوان مدینس منز

گوٚڈ دِل تہٕ پتہٕ اوند پوٚک کران انسانہ سُند روشن
وُچھ خاصیت کیاہ عربہ کس ماہِ مُبینس منز

یُس پایہ نازن پیٹھ نظر تُہندِ بن سُہ منور
یُس آلوان توہہِ پان سُے پھولوُن زمینس منز

عاشق تُہندی آویزٕ چھا مالس تہٕ اولادس
ناون چھنا پانے ژھنان زاٲلِتھ سینس منز

تِنۍ گرٕشھِ نہٕ پھیرتھ ژھاۓ کانہہ وَچھ تہٕ گماژ
وونۍ موٚت بہاراہ رُوزِتن باغ یقینس منز

حُبِّ نبیؐ ہر ساعتہ کرِی راچھ ایمانس
ابلیس نتہٕ وُچھ پاٲتھراہ چاٲرتھ زمینس منز

یوٚد محشرس منز بے عمل گنزراونم انظر
ٹاٹھِس نبیؐ سٕنز آش پوٚز آسم مے سینس منز



# نعتِ نبیؐ

یا نبیؐ تُہنزے چھ ستھ روزِن دوہے
تا ابد گاشریہ وتھ روزن دوہے

حق تعالیٰ شوقہ تہندے دزاو نوٚن
شولہ ماران لولہٕ کتھ روزن دوہے

راتھ دوہ اسہ عاشقن نظرن تلے
رویہ پاکک خولہ خط روزن دوہے

آفتابن زوٗن أنۍ مژ وولسنس
لولہٕ ہٕژ ماران چھِ گتھ روزن دوہے

ریشؔی تُہنز اَسہ پرٲوی تے نظموو پان
ییٚتہِ ووٚل تتہِ تُہنزے مِنتھ روزن دوہے

خوش چھِ تہندٕ بن داغدارن منز سبٹھاہ
اسہِ یٖہے بٔڈ پرزنتھ روزِن دوہے

نعتِ پاکس میل نا لگہِ انظرآہ!
آیہ تن جگرُک چھ رتھ روزِن دوہے



# نعتِ نبیؐ

مسلمانس چھ محبوبؐ خدا جسمس تہ جانس منز
تمی ۂستین تھزر پراوان مکانس لا مکانس منز
خداین خاًر تے شر اُڈرِتھ تھوٚ وُمت چھ ہرنے منز
سراپا رحمتک پیکر نبی یوتے جہانس منز
درودس مستحق چھو بس توٚہی خلقن تہٕ ملکن منز
معطر ذہن و دل تُہنٛدِ بن غلامن پرٛتھ زمانس منز
خطا کارن چھِ موکلن وَتھ فقط نقش قدم تُہنٛدُ ے
ۂیے کتھ حق تعالیٰ پانہ وُچھ باوان قرآنس منز
ووں پھری تو رحمتک دریاو اسہِ کُن سرخ روگژھ ہو
حیاتِ جاودان بس تُہنٛدِ ہیے دارالامانس منز
حسن انظرؔ چھِ تُہنٛدِ بن لولہٕ والِبن پیٹھ فدا گومُت
ۂیے اکھ کتھ تھٕیکنٕے لایق احقر نعت خوانس منز



# نعتِ نبیؐ

دۄن جہانن مس مۄدر چاوان رسول ہاشمی
پۄز محبت یسلہٕ ورتاوان رسول ہاشمی

دۄپ حلیمن تُہندِ ینہٕ برکتھ سپز تیرن پشمین
رُت اثر باغن کھلن تراوان رسول ہاشمی

ژھاوجاہ ہوچھمڑ چھ دود چاوان ستتھن سأتھین
معجزاہ منزی چھِ کیُتھ ہاوان رسول ہاشمی

پننہٕ باپتھ لتھ دِوان دیارن تہٕ لوکن کیۄت مگر
ناگرادن سون چھ وۄتلان رسول ہاشمی

گھرِ نہ تھاوان ڈالی ییلہ واتان تمن وۄنٹن لدِتھ
کعبہ ہیے منز ڈیرہ وُچھ تراوان رسول ہاشمی

سنگِ اسود کپر پچھ پٹھ تھۆد چھِ تلناوان لُکن
فتنہٕ کاسان دِل چھِ رٔنزٕناوانِ رسول ہاؔشمی

تُہندِ باپت گٔنڈی چھ یوسہٕ تھاوان چھُکرأ وِتھ وتن
خبرِ بد خویس تتھِس واتان رسول ہاؔشمی

نفسہٕ کِس خود راہ گُرِس قابو کٔرِتھ لاکم رٔٹنۍ
لیس وۄں تس چھِی پانہٕ ہیچھہٕ ناوان رسول ہاؔشمی

دوہ چھ آۄر أستھے راتس تہٕ تنہائی اندر
اُمتہٕ باپتھ خونِ دل ہاران رسول ہاؔشمی



# توٚہی حضٕ شوٗبِ نبیؐ

مکہٕ شریفس منٛز اُس اکہِ دوہہ

بُڈ موجاہ منٛز سڑکہِ پیٹھ

لوٗکن برٕ ہرِ وۄہوان..............تہٕ ونان

وُچھ اَمہِ کاۘتیاہ اڈٕ ژٹی کتھ ہَکنی بڈٕ ونہہ ہَکنی نیران

اِدٕ کانہہ ما چھم غور کران

زنہٕ ژٕری اکومینٕلہ نہ بوزان

یَتھ پھل گھرِ اگر اتھ دِہنم

پتہٕ کوٗتاہ زنہ ژیرِ ے گرشھہِ ہکھ

اُتھی منٛز پیوٚو واٚتتھ اکھ شخصاہ

یُوکھچہ نکھس لوٚد تمی لوٚتی پاٚٹھہن

تہٕ دوشوے بجہِ ہُنٛد گھر کُن دژاے

پکان پکان وۄتھ بُجہ تہِ شرارتھ

تس خوب رویس کُن وُچھی وُچھی زن

شاد سپز بیئہ پرأنی پأٹھی

گھرِ واتن وزِ وۄننس گوٚ براہ!

ژےٚ ہبا ووتے سخ تکلیف

ونہٕ کھے بہ دِمے اکھ پھلہٕ موچھہِ ہن

پوٚز تمی ما مونُس رٹہٕ نے

بُجہِ تلُو اتھہٕ تھوٚد دعایہ خأرکوٚرنس

دوپہ نس گری نے خدایہ ژے رُت

دادبو دوکھو نشہ رٕ چھی نے پانے

اکھُتے وۄننس نیران نیران

ازکل سأ دپان شہرس چھ پھوٚرمت

گُستام خطرناک دیواناہ

دعوا چھُ کران پأغمبری ہُند

لوکن چُھ مذہبہ نشہِ ڈالان

جود کتھن تے مأتہٕراچھن تس

جگرا تمی ہِنٛدِ شرٕ نشہ رچھی نے!

انجان شخصن پرٕ ژھنس مأجی
بٕے زنہٕ آسہ دپان زِ نبی برحق چھُس
تیٚلہِ کیاہ ونہٕ ہم؟
بُجہِ دیُت دم
تمی ژیٛون سورُے کینٛہہ
دوٚپ نس بے شک
واللہ توٚہی حضٕ شوٚبیٚو نبیؐ
وونٕ بخشیٚوم تہٕ جل جل کلمہ مےٚ پرٕ نأوی وُم!





آکھ تَے بیمار دِل زن بلنہِ لۆگ
شوقہ کِس شہرس مےٚ نیٚہہ گۆٹ ژلنہِ لۆگ

ہتہ سا کم شُری گوش سخنن تھاوہن
مۆت اوے وُچھ کھیش ہٹرک ولنہِ لۆگ

گو تِمن وُچھ آورنہِ نش لُکھ اسان
ہُے تُلُن تے سۆر پانس ملنہِ لۆگ

پۆت ونس منز ژونگ زاٗلِتھ راتھ کۄڈ
کاٗر مۄرِتھ نیٚہہ گۆٹ اَخر ژلنہِ لۆگ

قاٗد گو پنہ نِس مُرِس منز یُس اَکھاہ
لۆت لۆتُے تتھی ءتی اَخر رلنہِ لۆگ

نبرٕ کۆر مایوس حالاتو سبٹھاہ
گھرِ تہِ وٗڑھ لانچ کتھاہ تے گلنہِ لۆگ

انظرؔاہ تلہِ سأ یہ کس چھُن ہوومُت
بے سبب شیہلبن گُلبن کُس ٹھلنہِ لۆگ



بیٚیہ ژۄل زالبوٕ مُنٛزی ربتہٕ کولاہ
بیٚیہ اکہ لٹہِ دِیُت دِلہ ڈٔری دولاہ
گُس اکھ چھُنہٕ بستی منٛز پرٕ ژھیۆن
بیٚیتہٕ کس زنہٕ چھُنہ وأنجہ ہولاہ
خواب چھ زندٕ تھأوِتھ نتہٕ سنہٕ وے
سورُے کاون ہُنٛد بیٚینہِ وولاہ
ازلے ڈرامہ لیکھن وأرِلس
مۆنگ سرِنے ویہ وُن اکھ رولاہ
پان پنُن مۆٹھُمُت سُقراطس
کتہ وُچھ ہن یُتھ قسمت وولاہ
شُری سوچان بس کرٕہَو مستی
ڈکھِ گۆژھ روزُن موجاہ مولاہ
وأرِوی قبیلن کۆر زیٚنس پیٹھ
تمی سُند مالیُن تامت زۄلاہ
پأزس ٹارِ کھَسیٚا پاتھُل لتس
تھزرس تیٖنتأرِلس پیٹھ اولاہ
دل رنزٕناون وول سہٕ انظر
پزُرک حأمی مرتبہ وولاہ



جود نظرن تےَ کتھن مأنِتھر تمِٔس
لولہٕ سۓ منزوأنس گیٔہ آور تمِٔس
براندٕ سے پیٹھ مأج پراران وُنہٕ تہ چھبس
کانٛہہ پرژھبس نا کیازِ وأنج دٔر تمِٔس
کیاز آسن وول تس شخصس وَنو
بأے ہنز میٔٹ کھیٚنۍ تہ ہرگاہ کھٔر تمِٔس
کأنۍ زنہ کھبتھ کھبتھ ژھری وتہ ہاو رکس
شوہرتھاہ اپزے ڈیکس کمٔی مٔر تمِٔس
سارِنے منز اوس بس عأبے وُچھان
زیرکی اِد پانہ سے وُچھ فٔر تمِٔس
عار رٔسۍ تس حأکمس بُتھۍ پھیُر سپُن
عین موقعس منٛج أندری رَنٛز ۂر تمِٔس
شُری چھنا ڈولان وتن شہرس اندر
کانٛسہِ رچھۍ تن روز ما کوچھہ ژٔھر تمِٔس
شاندٕ ہیٚرٕ ہٕز انظرنؔ لوٚنچ بیاض
روزِ خابس منز گلانٛج تھٔر تمِٔس



دردِ نَے چھم از تہ نالان راتھ دوہ
گاہ بگاہ چھَم ہوش ڈالان راتھ دوہ
چائِنْ کل تے لول ہا چھُم دل برو
زنتہِ روشِنہٖ مانہِ گالان راتھ دوہ
عادتھے گومُت چھ بُتھ اسہٖ ناوِنک
ژوک موٗدُر سمیک چھ ژالان راتھ دوہ
باگہِ ینہٖ آءِژ ژنن پھولیاہ تِمس
بوش ہوٗہ عشقس چھ کھالان راتھ دوہ
اَز تہِ چھکھ زوٗنی ڈلس منز سوچہ کس
با خدا کھالان تہ والان راتھ دوہ
دل دیان پرٔی پرٔی حمدٗ کوٗ کِلے ژٕ چھکھ
رحمتاہ اسمانہٖ والان راتھ دوہ
حال دل انؔظر کھٹان شعرن اندر
منز طفانس ژونگ زالان راتھ دوہ





گُس نہ یتھ شہرس اندر رنجور از
وانہٕ وۄتھمت تھان ہیٚو مجبور از
خونہٕ سٕری آلو ژواپاسے گرشھان
سوزِ ناوے امنگُے سنطور از
ٹینٛڈی ژٕٹتھ أسی میٛنڈی کھوٗاں یوٕ تام أسی
جعل سأزی پٹھ أسی مغرور از
پیوو پتھر یک بار/ گُس شأہی محل
وُچھتہٕ کالُک نار وُہوٗن سوٗر از
وۄتھ عملی دینار چھکرو عالمس
گٔے تہٕ گٔے حاتم بٔنتھ مشہور از
شینہٕ لوٕ ہش کر سنا مستس پیٚمٕژ؟
وانٔس چھم فٔرمٕژ پٔننی زنہٕ ژوٗر از
برٛ وۄنہہ کنہٕ بے خوف سپدِتھ چھس پکن
انظرسؔ وتہٕ ہاوکا پرنوٗر از





ٹورِن چاک چھُ سَپدان دامن

ہُر چھَس دِژٕمِژ صبحکی واون

أنٛدی پٔکھی رنگہٕ رنگہٕ پوش اما پوٚز

نظرٕ اویزان چانِہِن جامن

ٹُلہ ہے نظرٕ تہٕ اوش نیرِس نوٚن

کینٛہہ ونہ ہے کھوژان لُگہٕ پامن

مأج نہ مانان سانیٚس دانس

دَشہٕ گنٛڈی گنٛڈی تھاوان استانن

سأری ونان بتہٕ مول اوَے لتس

شیران راہ گیرن بتہ بانن

بَرِ ہرِ کتھ گُر سمیس یتہِن

یارو لوٚب ہیوٚت آنن فانن

جاے دِلن منز انظرؔ صأبا!

چانِہِن یمن شعرن دُردانن



مُرس منز چھِ آدم ژَمیومُت ژے وُچھتاہ
گرس پننہٕ نِسے منز کلیومُت ژے وُچھتاہ

چھُ شہرس اندر ریس ووں تس حال یکساں
پھکبِن پیٹھ پنُن سر گوٚہوٚمُت ژے وُچھتاہ

ووں نا گوٚژھ نہٕ سہلاب پہوٗن روتلی یتھ
کوٚلِن آب کوتاہ ہُربوٚمُت ژے وُچھتاہ

یہ کیاہ سازِ صحک نہ نیہِ نشانے
شبس راد کوٗتاہ ہُربوٚمُت ژے وُچھتاہ

تمس نا مشو أسی ہوکبا آو شاید
أچھن ہا چھِ گاشے سوتہوٚمُت ژے وُچھتاہ

أمِس راہبرس نا چھِ بائے نہ بٕترُے
أمِس ہا یقینٕے ژھوکبوٚمُت ژے وُچھتاہ

وُچھِتھ سائنٕ ژھل ہا چھِ شاید زمانس
رگن منز ووں خونے شِٹھوٚمُت ژے وُچھتاہ

گلابن چھِٹل پوشِرِبن چھی سہ انظر
تِتھے پأٹھی بیہِ از سنوٚمُت ژے وُچھتاہ



سأری خود غرضی تے طمہس لأری وُچھِم
کینٛہہ ناماور عأقل تامت چأری وُچھِم
منٛد چھِنہٕ رُوس اسلافن ہنٛدی دستار کنان
خانقہن أنٛدی پُکھی پھیران باپأری وُچھِم
حأرتھ سپدُم تے وأنج پھٹہ نس آیم
قومکی دأنِش ور تامت یبلہ زأری وُچھِم
کیاہ ونہ کوتاہ دم پھُٹی سپدُس یبلہ أنٛدی پُکھی
فوجس منٛز ہہہ شکلِہ مبے کینٛہہ سی بہأری وُچھِم
بے شک ہبکِہ نہٕ گُہنے لتس ہوٕ محبوب أسِتھ
شاہ تہٕ گدا تتہِ براندَس پیٹھ ننہٕ وأری وُچھِم
کینٛہہ لُکھ پنہٕ نمن بوننِ تامت أسی ژٹان
دوُرے درویشن ہنٛز ژھوپہٕ اسرأری وُچھِم
پنہٕ نِس منہ کس ناگس منٛز یبلہِ ووٛتھ ترأوِم
ازلکہ حسنٛچ تصویراہ ونہ ہأری وُچھِم
انٛظر صأبا اعلیٰ نسبی تام مُنٛتھِم
پأنس موٗل والان یبلہِ کینٛہہ دستأری وُچھِم



نکھ تلہ اوس گُہل ون کوٚت گو
اسہ آس تمہ چی لادن کوٚت گو
سائنس شہرس کٲمی دیُت ناراہ
سوُرے آناً فاناً کوٚت گو
اکہ لٹہ ییہ نا ووٗنی پوٚت پھیرِتھ
غزلاہ کر ہوس ارپن کوٚت گو
نے اوس وایان شوقہٕ نین منز
پوہلاہ صبحن شامن کوٚت گو
کرٕنہٕ قدر وقتن سقراتس
ووٗنی اَسی رٹہٕ ہوس دامن کوٚت گو
یوٗ اوس سون تے روپھ چھکرٲوِتھ
سانین سنگرن بالن کوٚت گو
ژھیپھہٕ دِتھ رٕوُدم انتظر ووٗنی کتہٕ
ژھارَن شہرن گامن کوٚت گو۔





سمین کیازِ سنا ہرٛ مرٛ ژادر کلہِ پٔٹھ نل تام سِیاہ

پزرُک سریہ بُتھےٖ چھنہ ہاوان گوسو چک نب تام سِیاہ

کراوس وُچھمت روُدکرٛ وہن تے کرأسی یتھہٕ کُنی پوش کرہٕنی

کٔمی دیُت اُخر سأنس باغس سُلہِ سوٗنتے پأغام سِیاہ

تبلہ اُس پیپر مأشی شوبان تیز رنگو آکارو سأتی

از چھِ بناوان سأری کأسِب ژیرٕ سِیاہ بادام سِیاہ

کانژھا وٗنی تو یمن پزاربن تے نذہن کمن ٹھبکہ درن

یوٚ دوے آدم ذاد چھِ سأری تبلہ کیاہ نسب و نام سِیاہ

یتھ بستی منز کٔمی اوس وُچھمت یتھ کنی موتٔگ پاگل پن

یؤتاہ ماتم اوسا نبن زانٔہہ سوٚرمت صبح وشام سِیاہ

ہرِ ژھٹھ کانسہِ لُجاہ کِنہٕ اسہِ کوٚر کانسہِ ہٕنذِس آرامس ناش

تبلہِ کوٚ لوٚگ ہنگہ منگہ سأنس شوژِس لوٗس اِلزام سِیاہ

اندِ کیاہ یوٚ دوے موتٔج کتھ بوزِتھ زور لاگو کأر پھِرو

انٔظر صأبا أندی پٔکھی ہا پچھے روزِ وُنے کیاہ تام سِیاہ





گامُک گاسہٕ پشاہ چھُنہٕ از کل موجوٗدے
کٔتجبن چھنہ جایاہ نظرن تل موجوٗدے
نظرن چھِنہٕ ووٗنی تتھٕ کٔنی شہلتھ میلأنی
یٔودوے از تہٕ چھِہ ڈل مانسبل موجوٗدے
صحراون منز وتہٕ گت تھوٚکمُت توتہٕ تٔمِس
چشمن منز خابن ہٕنز سوٗنزل موجوٗدے
اجلاسس منز اسہٕ ونہٕ ہوٚنجہ سمکھیاے مگر
وٗنہٕ تہٕ چھُ اسہٕ دلہٕ کٔبن اٗنن مل موجوٗدے
وٚبتھہٕ ووتھ یوتاہ آب مگر اسہٕ نظرن منز
للہٕ دبد تے تٔمی سُند نل وٹھ پل موجوٗدے
یتہٕ کٔس مِلہٕ شارس نا چھُنہ کُنہٕ جوٚرے کانہہ
اسہٕ ہا خانقاہن منز ہانکل موجوٗدے
ادیا طمہن یا حالاتو پنہٕ پنہٕ کرٕی
گونماتن تہٕ چھُما ووٗل سمن بل موجوٗدے
انٔظر صائبس پوشہٕ مٔتِس کانٛہہ حبس دِیہٕ تو
باغس منز چھُس موسم ڈائبل موٗجوٗدے



دُنیِہس یِتھ لیس ووں تس لۆت گۆب چھِ منساون پٮ۪وان
دِل پٮ۪ٹھٕن تامت چھِ برٚم دِتھ پانہ رٔنزٕ ناوُن پٮ۪وان
نور رِکردارُک چھِ أنڈی پکی نیہہ گٹس ہاوُن پٮ۪وان
سر پٮ۪ٹھٕن نیزس لٔدِتھ منظر چھِ بدلاوُن پٮ۪وان
یِیلہِ وٕچھس منز ٹوٗٹھ کانٛہہ ہاوس چھِ دفناون پٮ۪وان
وہوٕنس تُندرس لۆتیے زن پان وپراوُن پٮ۪وان
تیز واوس منز چھِ ژونگاہ زألتھے تھاوُن پٮ۪وان
آو زن یُپ ووٗڑھ ژھٔنِتھ غأرت چھِ پرٕ کھاوُن پٮ۪وان
زونہ رأژن منز نہ ڈل سأئلس گرٛژھان شاید ووں کانٛہہ
بند کمرن منز شُربن پٮ۪ٹھٕن چھِ رِگندٕ ناوُن پٮ۪وان
چھا سہل تس ماجہ ہٕنز حالتھ وٕنٛی لفظن انٛدر
لٲبج ژھٔرے ہأوِتھ شُربن لیس بُتھ چھِ اسہ ناوُ ن پٮ۪وان
چھا جرٛم زامٕتی چھِ أسی کشمیر رِکس جنتس انٛدر؟
کانٛہہ ژلان گھر بار ترأوِتھ کانٛسِہ دِبُن یاوُن پٮ۪وان
لدٕ رٕ مالاہ ہِش مبے اچھرن ہٕنز لٔبم خابس انٛدر
لولہٕ شعرن بازرس منز چھم نہ مولہٕ ناوُن پٮ۪وان
خاب یِنہٕ کالکی وُچھان چھُس انظرآہ لۆب گُن بیٛتھ
سونتہٕ واوس یِیلہِ ووں تیٛلہِ گُلشن چھِ وُزناوُن پٮ۪وان



تھاو أنژرٕن کایناتک پرٛون تہٕ زَگ
چھپے عبادت پنٕہٕ نٕسٕے کارس ژٕ لگ
ہوش کر ینٕہٕ وأنٛس زالبو کنٛز ژٕلی
ننٛدرِ متی یأتی ونان وقتس چھ ٹھگ
چھُنہٕ بٕترٕے بے بسی پیٹھ چھکھ ودان
اسہٕ وٕننٛ لوکن تہٕ نتہٕ جگرس چھِ دَگ
خبر بوزان توتہِ ڈٕنجہِ روزان دِل
گرٕٛھ پھٹٕنٛ نتہٕ آسمانس تام رَگ
از تہِ چھُکھ سقراط کُس تام مورمُت
بازرس منٛز بیہِ لگُن أنٛج مُژ چھِ چھگ
پان پأرأوِتھ سٕری سمکھان مگر
پوٛز کھٕنٛژتھ تھاوو وجودٕکی کتی گگ
راتھ تامتھ یُس ژھوٹس منٛز اوس خوش
خوجہ بٕنتھ چھُس قأمتی از واجہ نگ
شأعرن ہنٛز چھا کٕمی از کل ووٕ گو
انظرٓس انداز چھپے یکسر الگ



پانا پیٚتہٕ گُس بوزِی آلو
گیٛر چھِ سأری پنہٕ نوٚ حالو
گُس نہ ژلان زُو ہتھ ننہ وورُے
وانن کیاہ دمہٕ ہو أسۍ پھالو
پیٚے چھا یمہٕ ستۍ کس کیاہ میلان
ووٚنۍ گٔری سخ عأجز ہڑتالو
نبرٕ تہ چھُنہٕ بوزن لایق کیٛنژھہ
گھرِ تہ یوٚہے زور کوٚل پچہٕ تالو
رہبر لأگِتھ ما چھ یہ راہزن
بلۍ ما کھالان والان بالو
بلۍ ما تُل اَسمان کلس پیٹھ
پنہٕ نبے دانیٛگ حصہ کھٔمن ہالو
پھٹوأری یوت اوسا رأشی
کھوٚت اخبارن لیوکھ رسالو
گونژھو تلۍ آو ہہس تہ اسناہ
تھیوٚک پیٛلہِ بجراہ بُزدِل شالو
لولُک جذبے بخشان بصیرت
ننہٕ کریٛگ انہِ گوٚٹ چھے لالو



وداں کأسب تہٕ کأنی شال سوٗنے
چھہ نبرِم ژھوٹھ بنٕومت مال سوٗنے
نین نیرن اندر کوتاہ ودن ہےٚ
سبٹھاہ ووشلان چھُ ہرمکھ بال سوٗنے
تلا وُچھہ گُس چھُ ڈولمُت کیازِ زالان
مقدس ژرار سوٗنے ترال سوٗنے
خدا زانان چھُ کیاہ چاوان از کل
دِوان ما دھوکہٕ اسہ کلہ وال سوٗنے
پھسیٚے مُتی ہا چھہ أسی گہلبن ونن منز
اسیے کیٚت ما چھُ وٕہرتھ زال سوٗنے
کشیٖری راہ یُتے چھُے مأری منز چھکھ
توے یٕوتاہ سیاہ از کال سوٗنے
وٕل روزیا روٗشہِ تھٔے امنک سہٕ موسم
دپُس پوٚت پھیر چھُے پھِر سال سوٗنے
وتن لاران لتن ہُنْد ماز انظر
یگاہ ممکن چھہ بنہ خوشحال سوٗنے



کۆر لکُو اڑ مور ڈَل
ژاو شروکنىن اَہرہ بل
چھُنہٕ جہازے کاثہہ ووتھان
سمکھنس دشمن وُنل
کمٕی سا پھل پھٔلی ہأوی تس
کمٕی سا پچھنس کۆر یہ ژھل
عأب لوکن ہٕندی مُشر
دل پنُن أشی وانہٕ چھل
پنہٕ چھمبن چھاران للکھ
وتھ ژٕٹھ گُن زون مہٕ ژل
روے کھٕٹِتھ اوبرس اندر
روزِ کرتام نورٕ چھل
کأنسہِ ہُند بن لول بر
زندگی باسی سہل
چانہِ باپت انظرٓس
وأنس گیہِ پأران محل



مأرِی مۆند پننہٕ نمن خیالن ہُند شہر ہاوے وولو
لولہٕ سۆدرس چأنی کتھ گرٚ زٕوٕنی لہر ہاوے وولو
چون یُن چھُم شوقہٕ کِس باغس مہے زن سونتُگ ہوا
چون روشن کیُتھہ عذاباہ کُس قہر ہاوے وولو
دِل کشی چھنہٕ رٕوز مژ باغن کھہن نیر بن نین
کیُتھہ اوُچھ موسم تہ کیُتھہ أنن گجر ہاوے وولو
سوسہٕ نیأمتی پوش چھم روداہ منگان موشر واچھو
ہار کس تاپس ہُربو مت چھُم تژر ہاوے وولو
لکھ وُچھان بس اسہٕ وٕنس میأنس بُتھِس ونہ کیاہ تمن
چھُم دِلس منز کُس طفاناہ کُس مژر ہاوے وولو
گوٚژھ نہٕ یتھ گامس لگُن شہرک ہوا موجود چھبس
اکھ مثألی سادگی سوچُک تھزر ہاوے وولو
کٔمی اچانک شاپھ یتھ چمنس چھِ دیشُمت انظرآہ
بلبلن تے پوشہٕ نولن چھُم کجر ہاوے وولو



یُس کرِ قبیلس تھوپ سُے سردار أسی تن
دٕسی یاب با اُصولہٕ سٔے تلوار أسی تن۔
نٔوی نٔوی شہر بٔسی تن مگر رِشتن مہٕ لگِن ژھوکھ
بدلِن سوٚرُے پوٚز لسہٕ نٔگی انہار أسی تن۔
گاڈَن تہٕ کھبلہ وٕتھرَن تہٕ زُون پاے چھہ کانچھن
دوہ راتھ نتہٕ ڈلہٕ سأله کُے باپار أسی تن
شبنم بٔنتھ دِلہ کِس گلاس یُس نہ شہلاوِی
گونماتھ چھنہ کٔتاه تہ وضعدار أسی تن
جسمن چھِ رُکاوٹ بناوان روحن نہٕ مگر کینْہہ
منزٕ باگ موتک کٔت تھوٚد دیوار أسی تن
تس کیاه فکر پکہ ہیٚ تِمس چھیٚے ہأل ڈبہ ڈابس
گنہ بازرس منز عظمتک دستار أسی تن
انظر سکونِ دل سأ گژھِ پرور دگارے دیُن
نتہٕ کیاه حسر اندی پٔکھی سبٹھاه اسہِ دیار أسی تن



لانہ وچھ لیکھتھ مے کۆسہٕ باپار چھم
رز تہ گز گۆنماتہٕ سۓ مٹہ کار چھم
پوش پھۆلی متی اَسی تن بالن بٹھِن
چھاوِ کُس شہرس مے لۆگمت نار چھم
یۆت نہ گرشھہٕ نُوے کتھ تیچ حالس مہ کر
دِیون دلس پنہٕ نِس مے گۆڈٕ اظہار چھم
قتل یمہ ؤے کۆر تمے وُچھ ہُوٗے ٹلان
از مے بستی کوفہ گُوٗے انہار چھم
ٹاٹھ چھم یۆ دوے سبٹھاہ اُردو زبان
ماجہ زیو گیہ ماجہ زیو اقرار چھم
کتھ دِلیٔچ واتان دلن تامت چھ سیۆد
انظرس اسلوب سأدروار چھم





کتھن تہِ ژٕرے وتن تہِ ژٕرے کران مےٚ مُشکبار ہیوٚ
دِلس اندر مےٚ روزتم دوہےَ ژٕ نو بہار ہیوٚ
خیال یا ونک دِوان نبس چھِ از تہِ نار ہیوٚ
دُبار چھس بہ وقتہٕ کِس ہہس گژھان سوار ہیوٚ
ژٕ زوٚن ہش ژوداٚہِچ وٚژھکھ مےٚ شوقہ کِس ڈَلس
تہِ میون دِل پھوٚلان چھِ یوٚنہِ سونتہٕ لالہ زار ہیوٚ
خدایہ زانہہ تہِ گوژھ نہ پوٚن جدا گژھُن ووٚں پانہ وأنی
زانہے تہ یہِ لولُک فضا گژِھن مہٕ اشکبار ہیوٚ
مران چھِ یام نخقہ کانہہ، دپان وڈُن ہوٚان چھِ نب
توے خُدایہ موسماہ منگان چھِ خوشگوار ہیوٚ
ژوچھتہ از تہ العطش تمس ڈبکس لبھتھ چھُنا
دوہےَ فراتہ کس بٹھس چھِ للوئے یہ نار ہیوٚ
مےٚ کینہہ تہ چھُم مشان مگر پانہ چون نقش زانہے
أزیک یہ کوچہ پھیُر گژھوٚن توے چھِ ناگوار ہیوٚ



نے پھولُن تس نے ہَرُن درکار میون

آزماوُن چھس فقط اِقرار میون

ناگہِ جویَن دِل نِواں اظہار میون

پوشہِ نۆلاہ یبلہِ گیوان کاتھہ شعر میون

مۆت چھ حُسنک پھیرِہا کلِ عالمس

سینہ چھُم ٹھُپ دِل چھہُ جاناوارمیون

وِگنہ ونون چھُم گرٛھان یا مت کین

چھےٚ لگان گتھ کرنہِ ژےٚ لوٚکچار میون

تا ابد چشمن اندر رژھہِ رِتھ تھوتھ

یونہِ سونٛتک چھُکھ شُہُل دِلدار میون

انظرٓاہ ئیٚج ٹاٹھ مہجوٗرٕنی زمین

اچھرِ گوٚند ووتلیٚاو ساٗدر وار میون





ہیتھ خوابہ ہلم بے خبر یوسف چھ باین منز

پۆز روز کیاہ افتاب کھٹِتھ اوبرٕ ژھاین منز

یلہٕ تراوِنہس گرٕ پہر پۆز تم چھ سخ کھوژان

شہزادہ پریشان گۆمت کٔوتاہ چھ داین منز

سُہ چھِ نیب پرٛژھان پرانہ شہرک وُنتہِ وأرانن

تس پوشہ تن وچھ سوسنیأمژ تاپہٕ کراین منز

افتاب کانٛہہ ہارک ژٹان زن اوبرٕ انبارس

پھیران چھُہم جانانہ تتھہٕ کنٛز سوچہ تراین منز

لوئے چھ بعضے لا مکانس ژھٹھ کرِتھ نیران

أمی لولہ نےٕ أسی گیر تہٕ کرٕ مُتی چھ نیانن منز

کُنہ ساعتہ گژھہِ پانس تہِ لۆب روزِتھ ہنا بھکھُن

ینہٕ ژھاے ہُتھ راوِ راوکھ پان ژھاین منز

انظرؔ چھِ شاید اوسُمت سفرس اندر تنہا

رتہٕ میلہِ لبن تیِ وُچھُم لیکھِتھ سراین منز





اَکھ پوشہِ موٚتاہ میٹھِ دگ للوان چھ سینس منز
یارَس چھِ گاران سُنمبلس تے یاسمینس منز
ژِ تہِ تارکھاہ پئِہ والہِ زمانک تہٕ مکانک
ئلۍ پان ما راور پٔژن صادَس تہٕ سینس منز
موجود ہے روزِی تہٕ بس عملن ہئزٕ ے خوشبوٗ
باقی چھ سوٗرے کہنہٕ رلان أخر زمینَس منز
کوٚتاہ تہِ رُت آب و ہوا نوٚن تاپھ أسی تَن
سُے گُل چھ پھبان مول یتھ آسَن زمینس منز
موسم بدلنَس ما چھِ لگان تاٗر تلاوُچھ
وُزملہٕ چھہِ کڈان واش چشمِ نازنینس منز
رٕژھرُن امیگ یا راورن چھُس پانٕسے تامت
نو زائدس نوراہ چھُ ژھوہ ماران جبینَس منز
ربشی واٗر کتھہٕ گٔنی محشرک ماٗدان بنیٚو
انظٓر دپان ئلۍ زاے یتھہِ خلدِ برینس منز





چون موکھ ڈیشتھ غمن ہنز راتھ ژٲج
روٗبروٗ وُچھنکھ تہٕ گترِنۍ زٕہن گٲج
اسنہٕ چانہٕ زن گلابن ژھائے ژٲج
پکنہٕ چانہے آبشارن گرائے لٲج
سونتہٕ واوَن شیٚچھ نوئے یژکالی وٲنۍ
پوشہٕ پھتی چھکرأوی صحنس چانہ کٲج
آسہِ ما پرٕین تہٕ شہزادن وُچھان
گژھ بُتھِس پیٹھ تراو تس لوتی پأٹھی دِج
کرٕ زِ کیاہ چارے نہ کانٛہہ زٕندِ روزنس
خوش دلی ہنز خواہ مخواہ اسہِ ہانژھ لٲج
یاونس منز لول لیس پامال گو
زٕندگی تسٕی کرِتھ چھِ وُہونۍ نارہ گٲج





چھنہٕ خلوٗصاہ دوستن یارن اندر

موٚکھتہ چھکراوان چھہ کوٚ شعرن اندر

خوٚف تے دہشت سران رُم رُم اگر

تی پھٹتھ نیران چھہ فن یارن اندر

ناٗر بوٚزی یموے شہر کوٚر از تمٕے

علمہ تے امداد ہیتھ کارن اندر

مسجدن مندرن تہ بادردے بوٚ رُکھ ؟

عام لکھ ژاٗمتی توے غارن اندر

یَس نہ کانٛہہ وقعت سہٕ قومُک رہنما

عائشہِ موٚت سوٗے اکھ چھ لاچارن اندر

ور دِوان چھکھ انظرآہ گوزشھن مگر

کانٛہہ خلوٗصاہ چھا طرفدارن اندر



# عُمرِ ہندِس ستی باجس کُن

ہا یارِ ژٕ کونہٕ مےٚ بُتھ ہاوان
وِہہ گری گری دِل چھُکھ تنٛبہ لاوان
کر تام ژھپل ژھانجہ ژٕ گندکھ
اِی وأ ژئے وأنسا اکھ وُنٛ کران
گاہے چھکھ ہنگہٕ منگہٕ اسہٕ ناوان
گاہے لوٚب روزِتھ وِدٕ ناوان

ژئے میأنس وجودس نپہ ناوان
ژئے چھُکھ تارکھ نب تھرٕ ناوان
ژے میأنس شعورس زیرِ دِوان
ینہٕ والہِ زمانک نیب انان
وتہٕ پرٛ زلاوان نب اسہٕ ناوان
وونٔ بُتھ ہاوُم
وونٔ بُتھ ہاوُم





پزر سخ پریشان چھ شہرس اندر
وُچھن یام اَپزِس ونان لُکھ ہُنز
أ کِس زالہٕ سٕے منز پھساوان نظر
بیس عالمن ہنز دِوان چھیے خبر
یہِ گھر اوس یہٕ تام گلزار ہیوٚہ
پٔشُر مت چھٔنس کٔم ووں اوش تے ہشِر
پھولان أسی دِل یتھ وچھتھ سارنٔے
أچھن برونٹھ کنہٕ از دزان سُے شہر
پٔنُن پان یم پرزٕ نأوِتھ ہبکان
زمانس کران تم چھِ زیرو زبر
رتَس بوے زاگان چھ بھائیس یہِ کیاہ
لَتو ستی مانڈان چھ قدرن مٔژر
چھ بومبرس یہ ڈبکہ سے کھٔنِتھ انظر آہ!
یمبر زل تُمِس تھاوِ کیاہ دَر بدَر





چھےٚ مأرۍ ٕمنز شکلاہ پنٕنۍ رٹھراو وَنیومس

گامن تہٕ شہرن ناو مَہ بدلاو وَنیومس

ئلۍ ناو آبس پپٹھ ژٕ لیکھن تھاو وَنیومس

ہم تُل ژٕھنکھ آبس تہٕ پھٕٹۍ ناو وَنیومس

برٕ نیر تہٕ وُچھ زندگی آلو ژے دِوان چھےٚ

موٚمتنن تہ وُزناواں چھُ سونٛتک واو وَنیومس

کیھو پٕڈۍ وتن تامتھ تہِ نکھاہ پختہ بنأوتھ

گامن اندر یتھۍ زال ما وہراو وَنیومس

پڑٲہ تہِ زنٛتس ٕستی مہٕ کر دُشمنی جگرا

ووٕنۍ واو وُچھتھے ناو پنٕنۍ تراو وَنیومس

ظألم ز مستانس چھ ژلہٕ نُے ژوٚر ہوٚ أخر

دم پھُٹۍ گژھتھ ئلۍ پان مہٕ البساو وَنیومس

سائِنس رٕتس شعرس چھِ آساں بیٚہٕ تہِ واراہ گون

سورُے چھما لفظن ہُنٛدے تُلہٕ تراو وَنیومس





اگر تاثیر چھُنہٕ سوزَس تہٕ سازَس
حسر چائِنس فنس چائِنس ریاضس
جہاں آراء دِوان زبو جانبازَس
کران بڑٕ میٹھی دگ شائمل چھِ سازَس
چھُیا پے کس چھ یُن پرٕ گی مہٕ رُوزِن
مرٔھن ہُنٔد ماز تا متھ دِمہٕ بہ وازَس
ژبے کیاہ گوٚے کیازِ چھکھ موتس ژٕ کھوژاں
فقط اکھ جایہ پھیُر چھے سنتہٕ رازَس
سہٕ ناوُک پار سا ژکہٕ دراو دُشمن
نمو نشہ دورٕراوان اوس مازَس
اٗمی باپت گران لفظن چھُ شاعِر
سہٕ شعرک زُو ونان دلہٕ کسِ گدازَس
طبیعتہ کِنٕ چھِ انظر ساد وارہ
نظر چھس دُور تامت شاہبازَس



نُنہ گُرہن تے تِلہِ تلاون ہنز کتھاہ مشراوہن
پننہِ بستی لول ہے برہن چمن سگہ ناوہن
وارِ للہن ہُنْد خوف ہے گُنہِ پأٹھی کم کرناوہن
آے امنس کانچھہن بیہ کوترن یلہِ تراوہن
بازرن منز کئنہِ باپت أسی ما یم شیخہِ شرٚوکی
لولہِ آلو زندگی منز گاہ بہگاہ پرکھاوہن
خۆنہِ سٕری تیوتاہ تہ چھُنہِ پتھ کال سورٕے اوسمُت
یم ورق روشن تمٕے پننین شُرہن پرٕ ناوہن
ہفتہ وادن خون تحقس پیٹھ ودان تہلہِ اوس نب
وونی چھِ زن پاگل اسان پیہم أمِس وِدِ ناوہن
دزِوُنس شہرس اندر ہے محشرک ہوٚ شور اوس
بوز ہے گُس نغمہ لولکی ساز کیاہ وزناوہن
رُود لوٚب گُن وُنلہِ ہنز ژادر وٕلِتھ انتظر حسن
کأکی لگھ اخلاص تمی سُند زانہہ اگر از ماوہن



از تہِ خوابس منز سو یاون مۂژ وُچھِم

تس تِتھے پأژھن نظر لوہ ہۂژ وُچھِم

اوش ووتھُم رۄدِ ے نہٕ پانس تام کینٛہہ

پوشہٕ مۂژ تیرژاہ میٚے ذرد یٔمژ وُچھِم

وانٛس لیس ژھاران ہجومس منز گیٔم

پۆت ونس منز از سو یاون مۂژ وُچھِم

تیٚہہ بخشنم سونتہٕ واوس از نٔوے

دارِ ہن تُمٔ سنٛز مےٚ یلہٕ گأمژ وُچھِم

چانہٕ ستی کرٕیؤٹھ سفراہ میؤٹھ چھِم

نتہٕ ہمت کرتام سوریٚمژ وُچھِم

گُنہٕ رٔکسِ غارس اندر بۆمبرو بُچھس

محفلن منز مأے ہانیمژ وُچھِم





أنہٕ وُچھنٛچ ہاٰل نا ژٕلہِ با خدا
سون وُنن تگہِ ئے نہ سرٕتلہِ با خدا
تس اچھن منٛز جود چھا کِنہٕ بیہ چھُ کینٛہہ
بیہ تمس وُچھتھٕے مےٚ زٕیو کلہ با خدا
نیرِ ہبس شر مرنہٕ بروٚنہہ وُچھہِ ہے اگر
اکھ دماہ بوٚمبر یمبرزلہ با خدا
سونتہٕ واوس أسی تن دستِ شفا
چھوکھ یہِ جگرک میون نا ژٕلہِ با خدا
دبد سحر وقتس وُچھتھ نہہ دو ونان
از تہِ گُنہٕ ہن روٚدٕ جری چھلہِ با خُدا
یِی وَوکھ ہا میانہ، یاراہ تی لونکھ
کینٛہہ تہِ نا میلان چھُ انہِ کھلہِ با خدا
تاب کر گام و شہر شوٚلن تمام
زرانڈ نا چھنہٕ روزٕؤنی ژَلہِ با خُدا
کیازِ اَنظر صاٰب تنٛبلیوٚمُت دپُس
وُچھتہٕ پانے رحمتَس ولہِ با خُدا



اکھ پُزٲریاہ حُسنہ کِس منٛدرَس انٛدر
میٹھ لوٗلِچ دگ چھِ تس جِگرَس انٛدر
آفتابس مٹہِ چھُ پرٛزلاوُن جہاں
زوٗن چھس اتھہٕ روٹ کراں سفرس انٛدر
اکھ الگ تاثیر چاٲنس صحبتَس
سونتہ شُہلاہ ہاہٕ کس تٔژرس انٛدر
رأوٕمژ چھا پأرٕ زانے تس پنٕنۍ؟
قأد گوٗمت شوٚہرتس تھزرس انٛدر
آسُنک احساس دیُت تھم گاہ بگاہ
ساتھ دِیہ زبم تا ابد سفرس انٛدر
انظرن ثأبت شرافت گٔر پنٕنۍ
رأچھ دستارس گٔرن مژرس انٛدر





پتھرٕسے پېٹھ بادَمس ڈٔنِس چھُ پھٕون
اَسہِ پھٕوان یِتھٕ کنٛز ژٕبے کُن اُخر پکُن
یُن گرٕھن چھُنہٕ اِختیا رَس منٛز مگر
پَننہ مرضی اسہ چُھ یِتہٕ کینہہٕ دوہ زُوٗن
تَس نہ کُنہ وانے بٹان پانَس دوا
کار یَس لوکن دوہے ڈیٛوٹھُم کٔنُن
گراکھہ ہیہ کیاہ ییٚلہ نہ کُنہ دستار کانٛہہ
تھاو ٹلِٕ اَتھ بازرَس یوٗتاہ سَنُن
عملہِ روس تراوُن پھوان سورُے یتی
وارِ پېٹھ اسہِ موتہٕ رِکس کٔدلس ترُن
از میے کن تتھٕ کنٛز تجن چھو وٕنی نظر
با خدا لوٕ ہوٚت گلاباہ زن چھکُن
سادٕگی منٛز راز کیاہ خوش آسنُک
بس میے اوسُم انظرٔس یوٗتے پریژھن



ژے روٗس دِلس اضطراب باسان

قیامتُک ہوٗہ عذاب باسان

وُٹھن چھہ ازلے مےٚ ترٛیش لیکھتھ

چھُہ ناگ تامت سراب باسان

ڈلان ژٕ نظرو چھُھم تہٕ راوان

مےٚ زوٗن تتے آفتاب باسان

بہ خاب چھُس زنتہٕ کانٛسہ مُتۍ سُند

ژٕ تازٕ پھولہ وُن گلاب باسان

ژٕ کر ستم یا کرم ژے روٗس چھم

مےٚ دوہ کڈٕن بوڈ عذاب باسان

مرِژی ژٕ ہے چھکھ خدایہ سٕنز درٕی

مےٚ اکھ مُقدَس کِتاب باسان



# اَکھ آبہٕ مَلُر

دریاو پکان آو روزِ پکان
یہ چھِ پنہ نمن پر دٕہن دیدہ ورن
دِل رٔنزناوان أچھی شہلاوان
یہ چھ صبحن شامن لول بران
پنہ نٮ۪من ملرن کھوٚنہ للہٕ ناوان
ہوٚ ہوٚ چھ کران تے اسہٕ ناوان
زنہ مأج شُربن پٔننن ساوان
لولس لرِ لوٚر چھبس مجبورِی!
پے چھُس تا اتھ نوزُک ملرس
گُنہٕ وِز تہٕ اگر کھسہٕ وس چھِ گرٕھان
یہ چھِ تیوٚت گرٕھان بُتھی پھوٚرتہ بے گنڈ
چھُنہٕ پتھ بزٕ ونہہ باالکل کینٕہی وُچھان
وُزناوان أندی پکی ساسہ بدٕہن

ملرن تہ تُلان اکھ طوفاناہ!
بٹھی پیٹھ ژٹان ڈُبہ ڈاس کران
گامن شہرن لۆر پار کران۔
بأقی وأران سبکہ شاٹھ ونن
ہُمہ تھدی تہ بزرگ بال ونن
نتہٕ پرٛژھ تو پانے دریاوس
اتھ لۆکٕٹس مۆکٕٹس ملرس أکِس
کُس طاقت دِیوتُمت پانہ وَیَن۔





ہیو نفسو ژٕ یوٚ دوے مرنہٕ برٛونہہ مرِہکھ زبر گژھ ہے

میے لافأنی سکٕو ناہ اکھ عطا کرِہکھ زبر گژھ ہے

نکھن پیٹھ بال کُمی ؤنی نے تلٕنٛز پوٚز پننہ اخلاصے

ژکنہ وزِ کاثسہ محتاجس مدد کرِ ہکھ زبر گژھ ہے

یہ منصب تے بجر کٕوتاہ تہ آوٗر أسی تن تھاوان

یمو روچھ ہکھ تمن کُن ژٕھر نظر کرِہکھ زبر گژھ ہے

شرٕہن ہوٚنٛد گاہ بٔگاہ کارن جہازن منٛز نژن جائے

ووکھلی پکہ نس تہ یوٚ دوے عادتھاہ کرِ ہکھ زبر گژھ ہے

پُپس شپ دتھ کرامت زانٛہہ تہ ما ہأوتھ توے انٛظر

نبس نوی اچھر تارکھ کینٛہہ اگر جرِہکھ زبر گژھ ہے





نیٚنٛدرِ کم کم خواب وُزِناوان چھُسے
زندگی ہنٛدی جامہٕ رنگہ ناوان چھُسے

بۓ چھُسے باغن اندر ہرٕی ہرٕی پھولان
عالمس چاٮ۪نس بہ رنٛزِناوان چھُسے

وَکھ رُکان عالم وسان سجدس مےٚ ستی
سر بصد اخلاص نۆمبراوان چھُسے

دارِ بر تامت ہوٚان بوٗلن یتھے
سورہ رحمٰن بہ گنگراوان چھُسے

بٔڑ عبادت چھُم تھسکبنٛز لایق یوہے
دل شُرٕبن پنہٕ نمن بہٕ رنٛزِناوان چھُسے

یٖیلہِ ووتھان مظلوٗمہٕ سُند آلو ہٕنتھ
عرشِ اعلیٰ تام وبسراوان چھُسے

فلسفاہ شعرن اندر چھُنہٕ کانہہ مگر
گَتھ وجوٗدٕچ ہا بہ گنگراوان چھُسے





ہر حالس منز بُتھ اسہٕ نووُم
ہمسوسک ہر مکھ دوبرووُم
خوابہ شہر زن گو وأرانَے
ہمدردن تامت ما بووُم
چأنۍ خبر ییلہٕ کانسہ مے پرُژھنَم
چشمن منز زن یُپ شر وپرووُم
کونڈے کونڈٕ چھِ وارِبن کھٕھن منز
میٚتہٕ وُچھتھۍ از سِخ پچھتو وُم
زٕرنہٕ ٕے زردی چأنِس بُتھِس پٹھ
ننہ لوٚب گوٚب سورُوے منسووُم
از خابن منز صبحأے صبحأے
پرِین شہزاداہ سمکھو وُم
شہہ پاراہ وُنہ لوٚکھہٕ نہ انظر
گوڈُکس زن کاراہ أنزرووُم



سو یاوَن مژ وُچھم خوابَس اندر بےٚ یہِ پان پأراؤِتھ

تِتھَے کنہٕ زوٗن تے تارَکھ مے اندۍ پکھی اُسی چھکرأوِتھ

چھُما روشُن روا میانِہن خیالَن ہُند شہر وُچھ نے

ولا میأنس دِلَس ہا دار برِ چھی از تہٕ مژرأوتھ

مے اَکھ وأنساٰ ئِگیم ووٗنی پنٕنہ شہرُک شور وشَر بوزان

خبر از پوٚت ونن منز وِگنہِ ونہٕ وُن چھاتہِ رژھرأوِتھ

دپان چھُس دوہ زِ دوہ گوژھ پوشہ موٚت لوکچار واپس یِن

تِتھَے کنہٕ گر پہر سمیک یہ ٹھُوپ ژھنہ ہا بہ پھژرأوِتھ

سفر زنہٕ پیوٚ وکرُن بزٕ ونہہ گن اچانک نیہہ گٹس اندرے

أچھن منز تھاو ہوکم کاسہٕ زُنہٕ گاشاہ تہ رژھرأوِتھ

مے چھم لخت جگر دوہلے دپان انظر زُتنی ہاوُم

زمانس کیاہ ونو ژھوٚنمت چھُنم تمی کیازِ ہسرأوتھ





سر وندے ووتھ سر مے دوپنَم
مرنہ برونٹھے مر مے دوپنَم
جریہ سٔر سۓ زر مے دوپنَم
زرکھۂ یوتاہ زر مے دوپنَم
دوہ چھِ گرٛژ تام آدنکی بَس
ننبدرِ ووتھ کینٛہہ کر مے دوپنَم
لولہٕ ستیٖ شُوب چھےٚ اتھ
نتہ چھ دنیا کھر مے دوپنَم
چھوٚت گرٛژھان چھا کاو چھٔلی چھٔلی
ضایعِ دوہ ما کر مے دوپنَم
لفظٕ ورتاو یتُھنہٕ مشرکھ
ییٚتہ سأ چھےٚ اکھ ہُنر مے دوپنَم
ثُل قلم لولُک ژٕ انظر
بن سخی بأگر مے دوپنَم



# سانٛی کأشُر ماجہِ زٕو

ژنِیہس یتھ ماجہِ ہُنٛد تیمٛی شیر چیوو
ٹاٹھ شیرکی پاٹھی آسہِس ماجہِ زٕو
کأشرس سانٛس مگر الگٕے اثر
جنتہٕ منٛز نیران چھِ زن دوٚدٕچی نہر
لولہٕ والین عام لوٗکن ہنٛز زبان
شوٗژ پیرن پارساہن ہنٛز زبان
ییتہِ چھ پژٕرے بارہا لتہٕ موٚنٛڈ گیس
پنٕنہِ نِسے وطنس اندر زنہ ترٛٹھ پیٚیس
انہٕ وندے اَتھ پلوہ تے درباری پھری
بے شرم ابنِ الوقت تے حیلہ گری
وطنہٕ کھو پردار کھو ییٚلہِ دوٗر ہیوٚت
حکمرانن نیٚبرمہن کس راہ کھوٚت
چمچہٕ گی تمہِ روٗدی مُشہِ ٹنڈن کران
مسخرن ہنٛدی پاٹھی پننی ییٚڈ بران

از تہِ کینژھو جأہلو تُج مُژ علم
راہزنن داراں چھ شاہ توٗسکی ہلم
فارسی رسم الخطس امہِ کِس ہبڈان
مول لفظن ہٕندی ژٹان واٹان گران
محسنن ندامت پئُن دُشمن ونان
پھکھ لِسأنی خاندانن منٛز تُلان
ہوشہِ والوٚ پوٚز دوٚہے اَتھ لول بوٚر
چاپلوسن وارياه يوٚ دوَے تہٕ کھوٚر
وَتھ پٕنٛنی ووٚنی پانہٕ رَٹہِ کأشر زبان
اَتھ چھ اند وند أسی تہٕے رب مہربان





گُس تہ کیاہ چھُکھ سرن ینو مشرکھ
زندٕ پانے مرن، ینو مشرکھ

سونتہ شہجار ہا چھہ بس کینٛہہ دوہ
ہرُد ہا گو ہرُن ینو مشرکھ

چھیے ہنا نوز کے ژے پکھ یۆدوے
پچھنہ سدرُس ترن ینو مشرکھ

اند چھہ آخر زندگی واتُن
پننہِ دوہہ چھۆے مرن ینو مشرکھ

رٕتی اچھر ژار شعر باپت پۆز
مختہ سوچک جرُن ینو مشرکھ

کینٛہہ زمانکی تہ کینٛہہ پننی غم چھِم
دلہٕ امن آڈرُن ینو مشرکھ





سوسنیامژ ہوشہ ژٕج مژ زوان از
ظالمو زن تاوِ ژٕج مژ زوان ازٕ
تلہ سا رنز ناوِیوٚن گلریزاہ پٔرتھ
آولٕنز شوقٕلی چھہ وٕج مژ زوان ازٕ
کٔس وٕہم پانس میہ چھنہ فکرے تران
کتھ سنیمژ کیاز ژٕج مژ زوان ازٕ
یا اسان ٹھبہ ٹھبہ کرِتھ نتہ سخ وٕدان
لولہ نیاین کاژ وٕج مژ زوان ازٕ
شوژ اولکی ٹاٹھو سرِ شاید تمس
مارکن پیٹھی تہ ژٕج مژ زوان ازٕ
زن سیاہی ماژٕ نیرٕن نین
سلطنت تراوِتھ چھ ژٕج مژ زوان ازٕ
دِل دیان روزس مُدے گنڈِتھے وچھان
حور ہش آشر وانہِ ژٕج مژ زوان ازٕ
آسہ یوٚ دوے بے خبر کرٕ زِلس کنن
انظرٕس چشمن چھہ ژٕج مژ زوان ازٕ

# پرٚ ژھومس تہٕ ووٚن نَم

سوال أسۍ کمہٕ تہٕ ییٚتہٕ کران کیاہ؟

جواب شُرۍ ژھاران چھِ ماجاہ۔

سوال مقصد چھِ دُنیٖہُک کیاہ؟

جواب اسہِ سَنوٗت چھہ امتحاناہ۔

سوال عملن چھِ اسہِ ہسر کیاہ؟

جواب یِی دُنیٖچ چھہ شوٗباہ۔

سوال ژکہِ وَنتہٕ راتھ دوہ کیاہ؟

جواب اکھ زٕ پٹھِ زیوٗٹھ خاباہ۔

سوال ییٚتہٕ نیرِتھ کرٕن کیاہ؟

جواب پراوُن چھِ محنتاناہ۔

سوال تقدیریں ونکھ کیاہ؟

جواب اکھ پۆزتہٕ پۆرخاباہ۔

سوال کروے مٕرِتھ کروکیاہ؟

جوابِ سبٹھے کمن سکوناہ

سوال موٗتچ حقیقتاہ کیاہ؟

جواب اکھ جایہِ پھِٹۆرتہٕ بیہٕ کیاہ۔





یِکھنا بیٛیہِ اکہِ لٹہِ سوٗرے کیٚنہہ مشرٲوتھ

دکھنا ووٚنی تقدیرُک نیٛایاہ انزرٲوتھ

از تہ چھہِ میانٛین سازن پیٛہم گیوٗر ٹُلان

آرہ پلس پیٹھ زل پرٛیاہ مس مُشرٲوتھ

رنگہ ڈالانس پیٹھ چھم خوابن مالہٕ کران

زانہِ خدا رُت تعبیراہ ہیکوا پرٲوِتھ

اِد اتھ پزرس کیاہ زن کرِ یوسف کنعان

تھٕنزے رایہ زلیخا از تہ چھہ پاٚرٲوتھ

دراو سکندرِ اعظم تامت اتھٕ ہاوان

طاقت، دولت، شہرت سوٗرے کیٚنہہ ترٲوتھ

بیٛہِ ریشی وارِ چھہِ لُجمژ شاید لولہٕ نظر

اکھ اکھ لُنڈ تھوٗنس طوٗفانن پھٕرٲوِتھ

اَنظَر خوش روزان تی لوکن ہیچھناوان

اندی پکھی چھس تارکھ انبر ہو چھکرٲوتھ



اَکھ کاراہ چھہ اَنزران شوق پالان
وَتن چانِن وچھان اَشہِ گاش زالان
بُتھِس اسناہ مرتھ کیاہ کیاہ نہ ژالان
مَہ سَن اَسہِ کیازِ شاہ کھالان تہٕ والان
سبٕتھاہ خوشوٗن چھُ تارَکھ نَب تہٕ حالس
اشک رُوٗداہ مےٚ چھم شِنہ مانِہ گالان
پُھلےٚ لَج بیٚیہٕ نِشاطن شالہٕ مارن
مےٚ غمہٕ چِھ بنسری چھم از تہٕ نالان
جُدائی ہُند تصور شامہٕ پَتہٕ چُھم
گِہے کھالان گِہے بالَن میہ والان
تلا اَن تن مےٚ خوٚشوٗن سوٗنتھ چھُم نا
مژر پھِری پھِری تلان حبس ہوش ڈالان
سُرِی حارَان حسن انظر چھُ کِتھہٕ کنہٕ
غمَن اَندَر پنُنہٕ پرزَنتھ سنبھالان

# مےٚ سیوٚد وُچھتم

سحر وقتن مےٚ از موٚللہن ژِہن منز
زمانس بیٚہِ وٚونم تراوٕم سا لوٚب گُن
خیالن ہُند شہر اوسُم بَساوُن
موٚللہِ احساس کاٚتیاہ چھِم مےٚ دَم پھُٹ
گوٚڈے کھوٚر چھُم مےٚ آمت سوٚچہ تراین
نفس چھُم رِزقہٕ دانن پیٹھ پھسیوٚمُت
تہٕ مقصد زندگی ہوٚند چھُم مہِ موٚٹھمت
بہٕ نا راہب چھسے منزِل مگر شلیٔے تہٕ ما چھُم
ہنا مہلت گژھم صبحن تہٕ شامن!
مےٚ پنہٕ نے آیہ چھُم دنیا بساوُن
نوٗے افتاب تے تارکھ نِوے تتھ کژ تھوٗرنٕ چھِم
چھِہ گوٚنہ ماتن موٚدُر آزار تخلیق عنایت
خدا صاَبا مےٚ ساں بِرنے ژٕ سیوٚد وٗچھتاتھ

# ژٕ کاَٹزاہ مہرباں چھکھ

خداین یام لیۆکھ میأنس حقس منز
ژٕ آیکھ زِندگی منز میٚانہِ یکدَم
ہوا زنہٕ یِونہِ سونٛتگ
دِتُھ زۄ بیہ امارن
دٕ زِتھ زیو لولہِ شعرن
وونتھ پےٚ نو بہارن ہُنٛد
نِشاطن شالہِ ماٰرن ہُنٛد
اوُنتھ واپَس ژٕبے ژھاٰرِتھ میون یاوُن
بساٰوِتھ خاب بیہِ واٰران اٰچھَن منز
سبٹھاہ خوش چھُس ہیکےٚ ہُورِتھ بہٕ کتھہِ کُنۍ
خبر نتہ ما چھِنکھ ژٕ سوزمُت اوِ کُنۍ
زِ پَننِس لولہِ شعرن منزتھوتھ رٕژھرِتھ
تہٕ کرنے لگھ سبٹھاہ تعظم یِنہٕ والین زمانن منز
بہٕ چھُس گونہ ماتھ یی ممکن چھُ باسان





از تہ سنطوٗرس مےٚ دلہٕ کس تارٕ چاران راتھ گےٚ

از تہ ژبےٚ خوابس اندر پراران پراران راتھ گےٚ

کوچہ منزی نیران نیران مُتی کتھاہ پلہٕ نأونم

تتھُی سران سوچان تہ مطلب معنہ ژھاران راتھ گےٚ

وُچھنہٕ درایے اتھ محل خانس اندر سپدان چھُ کیاہ

گابرتھ پوٚت کھورِ وتھ ساران ساران راتھ گےٚ

ازتہٕ تارکھ جامہٕ لأگتھ ژونگ زألتھ زونہٕ ہُنٛد

دردٕ سٔدرس منز بوٚڈان گاہ جونٹہٕ ماران راتھ گےٚ

وُچھہ وفادأری چھِ ژھاران کوفہٕ کس شہرس اندر

ہائے زن کرنجلس اندر اَسہِ آب ساران راتھ گےٚ

تِتھہٕ کنبتھ پرٛوژھنم زِ سوٗرے سینہٕ مژرتھ ہووُمَس

نجٕدہ ون گُن واپسے لاران لاران راتھ گےٚ

برٕ نبر ما دراو کانہہ تم أسی زن قبرن اندر

جائٕ یارس ناد لایان پان ماران راتھ گےٚ

نکھٕ پیٹھک شُر گوم أندرے اوس نا اَنظر پوتُس

شش جہاتس خواہ مخواہ ژھاران راتھ گےٚ



رودُکھ کھٔٹتھ ہا یارٕ بے پروایہ ونےٚ کیاہ

کم خاب کم ارمان کٔری ھتھم ضایہ ونےٚ کیاہ

کیُتھ تام گرٕھتھ چھُس اژان گھریلہِ نہٕ سمکھان چھُکھ

نیران پۄت کھوربے بہ چانہِ رایہِ ونےٚ کیاہ

أنٛدی پٔکھی نژان بستی اندر چھِم ژٔری تہٕ کلی یاتی

پیٹھہٕ باجہ دِلُک چھُم وزان بے وایہ ونےٚ کیاہ

یَس آے کانٛچھان رُوٗدی تے زو جان فِدا کۄر

سُے شراکھ ہیتھ اوسم نےٚ زاگان بھایہ ونےٚ کیاہ

مےٚ چھم خبر بوزان وُچھان سوزٕنےٚ چھ سُہ پانےٚ

پۄز لاگہ بۄتھ کرسانہ یرٕ ؤنہِ نایہ ونےٚ کیاہ

خابن خیالن منٛز بساوان از تہٕ چھُے انٛظر

اکھ خوب صورت شہر چانہِ مایہِ ونےٚ کیاہ





تماشا چھے صبح تے شام باسان
مےٚ اتھی منز کشف تے الہام باسان

یوان خوش واوِ سونتک سارِنَے پوٚز
مبہ چُھم تھدِ پایہ اَکھ پأغام باسان

حقیقت مأری منز دِل کش کِتاباہ
ووں گو منزی منزی چھُ کانہہ ابہام باسان

کمن کوچَن لوٚگکھ ژھاران کیاہ چھُکھ
ژےٚ ما مشتھے گو مُت انجام باسان

بہٕ اوسُس حالِ حأران مُرشدَس روس
کرم کوٚ رَنم تہٕ چُھم آ رام باسان

وُچھان روٗزِس ژےٚ روزَے تا ابد وونی
ژےٚ روس ہےَ پان چُھم بے نام باسان





بار شانن اَولِین پیٹھ تُلنہٕ آدم ذاتھ ئلی
زیٹھِ زیوٹھے امتحاناہ چھنہ دوان دوہ راتھ ئلی
لُکھ چھ ژھیہ پیہرن اندر دوہ دۄن کڈان انسان بۄنتھ
محل خانن ہٕنڈی متا ہیچھ ناو تکھ وفراتھ ئلی
ووتھ پتُن ینہ کال کر تعمیر ووٕنی پنہ نو اَتھو
ہے کمن سا معجزن پراران چھہم دوہ راتھ ئلی
آشہِ رٕوٗدُس باشہ کرُوں یار ییہِ ازنے پگاہ
اِد یتو لاکن گرِتھ گو ضایع کُس وہراتھ ئلی
فاقہ دی دی مۄد مۄنڈ ہۄنڈ کُن نچو ژھوپہ دم گرِتھ
محلّہ زِٹھی چھِس ناوِ باپتھ بأگران خأراتھ ئلی
مقصدٕچ لاکم اتھن منز پنِ رٹنی محکم دوہے
گیہ اگر خۄد راہ عقل لگہِ تاوِنس بتراتھ ئلی
زندگی ہُنڈ زہر چھے چیے انظرآہ چکھ نا مران
أسی تہ نا یارا ونان وتنک ژے چھی سقراط ئلی





باساں چھ قیامت ژےٚ روٗس دوہہ راتھ دماہ بیہہ
پِنہٕ راوِ زالبو مُنزی یہ شُہل ساتھ دماہ بیہہ
وولہ تھاو گرٕنی شکوہ شکایاتھ دماہ بیہہ
یژکائلی از سپدیوٚو ملاقاتھ دماہ بیہہ
یتہِ یور موٗلاہ ہاوتن سبزار بہارُک
وونی سوٚر اُچھو سانبو سبٹھاہ وہراتھ دماہ بیہہ
یتھہٕ کِنی اچانک چون یہ سمکھن چھُ غنیمت
وُچھ وولسنس اَنی مژ ژیےٚ چھےٚ بت راتھ دماہ بیہہ
معصوم نظرو ستیٚ چھکھ پاواں مےٚ ژٔیتس از
جنت حوّا آدم تہٕ پتہٕ عرفاتھ دماہ بیہہ
وُنہِ گے نہ جُدا کیازِ اوشُ ہارُن ژٕ ہوان چھکھ
دِل چھُم دپان کرِ لول کراماتھ دماہ بیہہ
حبس گرِی زِینہٕ اتھ شر گژھی راوی حسن انظرؔ
دلہٕ اوِلےٚ زانُن، چھُنا گونہٕ ماتھ دماہ بیہہ



# یہ زِندگانی تہِ آزمائش

ژٕ کیازِ اہشٕ ھا گابرِیمژٕ
ۄُن پتہٕ ژٕ ٹکھ فون میأ نی دٕرے چھےٚ
ژٕ کونہٕ سمجان چھِ سون سَمکھن تہٕ آ زمأ لیش
تہٕ سون دوربر تہِ آزمأئش
بجاے خود چھےٚ یہِ زِندگانی تہِ آزمأئش!
مےٚ تبلہِ تہِ أسہٕ دوٗر گرٕ تھےٚ فِکر یہ روزان
خبَر مےٚ روٗس ما ملوٗل آسَکھ
خبر ژےٚ گُنزِس تہٕ نیہہ گِٹس منٛز وَدُن ییٖ ما
ژٕ تیز ہَوہس تہٕ روٗ دِشرٕ انِن اندر پھسِتھ کیاہ کران آسکھ
ژےٚ ہارِکس تاپَس لِگتھ ژَم دزان أسی
تہٕ بیٚہٕ تہِ کیاہ کیاہ۔
بہ از تہِ سوچان چھُس تِتھےٚ کٕنہٕ دُور سپدِتھ
پتٕھ چھِ زانِتھ زِ سانہٕ بستی اندر چھِ ازکل

موت کرتَب عجیب ہاوان
گُنہٕن پھٹان اوٗش مگر وَنن کیاہ
نبَس گرٛھان گگ تہٕ اوٗش نہٕ ہاران
صلح پسٔندن شریف زادَن پبہٕوان چھِ سوٗرے سَرُن تہٕ ژالُن
اوَے چھِ لأزِم یہِ سون دٔوربر تہٕ سون سٔمکھُن
یوٚہَے تہِ کرِسائٔی دِل ہنادٔ ری
یوٚہَے تہِ ہیچھہٕ ناوِ صدمہٕ ژالنی
بھروسہٕ کینٛہہ ما چھِ زندگی پیٹھ
مرُن چھُنا اسہِ تہِ لانہ لیکھِتھ
سہٕ سر نہٕ بروٛنٹھے
یہِ سون سمکھُن تہٕ دور سپدُن
یہ آزمأیش چھِ لأزمی ہش۔





میانہِ آدن یارٕ پوٚت پھیرتھ مہٕ ژَل
یَنہٕ تہٕ تَنہٕ سمکھیاے ووٗنی نظرو مہٕ ڈَل
کر دفن وچھہٕ سٔے اندر سفرُک ٹیچھر
وُچھ مہٕ پَتھ کُن سرمہ چشمن ہُنٛد مہٕ چھل
زندگی چھنہ گفہٕ کتھاہ یتھہٕ کٔنی تہ کینٛہہ
چون دُوربر چھس کران زہراہ تہِ رَل
وِیہہ بدلوٗنی راز ہِتھہٕ ہِنی سمجھو
بأو گوٚنماتن کتھاہ لتس کٔژ سہل
اوس صحراون نژان ٲلی أخرس
ووت بیہِ زہنہ جایہ کُن شوٗنگ بونہِ تَل
فطرَتس منٛز انکسأری انظرٚس
روزنس لنجبن لگن نومبران پھَل





وُنہِ تِتھے کنی دوستن منز بُتھ بہ اسناوان چھُسے
چون ہے پرٕ ژھنم تہٕ چشمن اوش بہ شروپراوان چھُسے
تازٕ سونتک واو یا اِد تاپھ ہارُک آسی تن
چانہِ لولٕچ پوشہ تھٔر پیہم بہ سگہ ناوان چھُسے
ترٕبن تہ ترٕوہن منز تِتھے کنی از تہٕ چھکھ زن راۓ وٕمژ
بے ارادے ما کتھاہ کانہہ آدٕنچ بھاوان چھُسے
بوٚلی لٔجمٕژ بازرس منز مصرٕ کس حضٕ یوسفسٕ
ستھرٕ کوناہ ہتھ پنن طالع بہ آزماوان چھُسے
راتھ ییٚنہِ منز خواہ مخواہ تھاواں چھہُ افتابس کھُٹِتھ
ژوٚرِ یتھہِ کنی چون غم شعرن اندر تھاوان چھُسے
پوشہِ وُن چھا نیٚول نب تے پوشہٕ مر یا کُلی شُہُل
کاوٕ ییٚنہِ وولاہ سورُے انظرٚ ژیٚتس باوان چھُسے





بٔنتھ اکھ ٹھوٚر طفانن بھاو آسُن
زمانن تے مکانن بھاو آسُن

گوٚپھن غارن اندر چھا جاے مردن
مژر ٹُل دوٚن جہانن بھاو آسُن

بٔنتھ سونتک ہوا وُزناو باغن
گل اندامن گلابن بھاو آسُن

تیٚتھے کینٛہہ کر یمیٚک گربز بوزِ عالم
ژٕ آرن آبشارن بھاو آسُن

ژےٚ رنگہٕ رنگہٕ آزماوان چھُے یہ دنیا
ژٕ سن امہِ کٔمن اشارن بھاو آسُن

نظر تُج کایناتس گُن تہٕ کھوٚژُس
کنس تل وون زمانن بھاو آسُن

ژٕ پنہٕ نےٚ آیہِ وَن کینژھا تہِ اَنظر
وول گو کم گژھِ نہٕ شعرن بھاو آسُن





سُلہِ سونٛتہٕ اکھ موٚکھہٕ پرٛون کُنی نظراہ مےٚ کٔرِتھ گو
واللہ ڈیکس یکبار زن دیواناہ لیکھتھ گو
ووٚپرن بہ کیاہ ونہٕ ہا مہٕ پنہٕ نی آدٕنکی یارن
اکھ پوشہٕ گوٚند ییٚلہِ لوٚتہٕنم اڈٕ مور کٔرِتھ گو
اتہ اوس گھراہ نیک خوش اطور لوٚکن ہونٛد
لُہرو وکٔمی تے کُس یہ دتُر بنگہ ووِتھ گو
ووٚنی ہوشہٕ ہِتھ ہاران چھِ کوٚتاہ خونِ دِل چشمو
گوٚڈٕ نٔبی کھوٚٹن پوٚنسن پنُن دستار کٔنِتھ گو
روزان چھہ گُپتھہ راز یم اکثر کتابن منٛز
موٚت ڈُچھِتہ کمہِ انمانہٕ تم اظہار کٔرِتھ گو
سٲری سٕمِتھ بیرد تہٕ بٔھوکنی ووٚں چھس ژھاراں
انظر یہ کوٚت متی پاٹھی وولرس ژھانٹہٕ ترِٔتھ گو





یُژ کاٲلۍ مےٚ گاٮ۪مُک میوٗژھ مٲژھیٛل وِرِوار وچھُم
لوکہٕ چار پٔنُن مٔژِ ننٛد رِ گژ ھان بے دار وچھُم

ٲمۍ سوٗنتکۍ واون رٕنوٗ بیہ تھپھ دِتھ موٗن مٔژر
بیہ سبزارس منٛز خوشوٗن خوشوٗن نار وچھُم

یوٚ شامس گوڈٕ باسیوٚ ومےٚ پرٚژ ھوٗن پان پٔنُن
پتہٕ خوابس منٛز اوٗش ہاران جگری یار وچھُم

بڑۍ ٲسی کتھن میٹھیاٲمٕ شامس بأگی سرٕ ی
نکہٕ پٔتۍ کنۍ بُرزٕ پٔشس تل زالان نار وچھُم

یتہٕ لُکھ افتابس ھنگہٕ منگہٕ رتہ ٲرۍ پان کران
یتھ بُستی کوٗفہٕ کہ شہرک ہوٚوہ انہار وچھُم

دوگنیار گھرن منز ایوانن منز جلسن منز
پوٚز مے خانن منزاکھ بدلۓ مِلوٚار وچھم

شنہٕ قہرس منز تہ مے ہوٚکھمتی گلی استاذٕ وچھم
یبلہِ زنہٕ رہتہٕ کاٗلس منز تہِ پیوان دیودار وچھم

تاکید کران یمہ رہبر امنگ عام لگن
تہندین ذہنن منز حسدُک بوٚڈ انبار وچھم

انظرؔ صاٗبس بے باک پزر ونہ نک عادت
اِد اوے کلامہ مے تمی سُند گو ہر بار وچھم





مےٚ وِنتھۓ ہیوٚک نہ زانٛہہ تریاق زہرس تے سوٚنس سرتل
توے از دروت پھُٹراٗوتھ بہ گر ناوان چھُسے کرتل
زہنک مرٕنک اصوٗلاہ کانٛہہ مقرر پننہِ باپت کر
ینا راوکھ ہجوٗمس منٛز اژِتھ پانے ژٹکھ ہانکل
یوٗہے سبزار تے شہجار وطنُک تا ابد پوٗشِن
خدا بوٗزن اَسان روٗزن دوہے اَسہِ ڈل تہ مانس بل
پکُن چھُوٚے بروٚنٛٹھ کُن پانس ینا ٔمشتھۓ گرٛھی سوٗرٕے
چُھ موٚت رہتہٕ کول نادانن کران مدٕہوش تے پاگل
تھزر سوچک سکوٗن روحُک موٚلُل سرمایہ چھی حاصِل
وُں گو ینہ ہوش حبس راٗوی، پگاہ تھاون چھِ نظرن تل
ژٕ پانس اٗندی اٗندی نژٕکھا دوہے تِلہٕ واٗنی داندا ہوٚہ
قرارِ جاں لگُن گژھ آلوان پانے وٗزِی شش کل
خدایس کُن نمن واٗلی چھ انظؔر سرخرو سپدان
کرکھ یبلہ سجدہ انسانٛس پیٛی دستار پادن تل





بیہٕ بہار آمت نشاطن شالمارن چاۓنی دۓ

بیہٕ دِوان زبو چاۓنی کل از لولہ شعرن چاۓنی دۓ

بیہٕ پرٕژھان چھم پے پتاہ چونۓ تہٕ زنہٕ گلہٕ زبو گرژھان

بیہٕ تلان ساۓری مژر میانین امارن چاۓنی دۓ

بیہٕ چھ از باغن کھہن نیر بن نین کوہ دامنن

پوش چھکراوان تہٕ ژھاران یار یارن چاۓنی دۓ

شوٗبہٕ وۓنی بترات چھم زن ہوشہ آمژ نوش لب

شاپھ زن یژھہٕ کاۓلی ٹلہ نس نو بہارن چاۓنی دۓ

اہرہ بل باسان چھہٕ زن چانین اچھن ہُند اوش وسان

تازٕ اکھ اکھ یاد کر اۓ آبشارن چاۓنی دۓ

چانہٕ باپت شامنس انتظر وچھم مایوس ہیوٗ

تس چھُ جگرے زولمت از لالہٕ زارن چاۓنی دۓ





لأنۍ نیالیس وُنہٕ چھ انزراوان ئلبر

آش تمی سنٛز ما چھِ تنبلاوان ئلبر

میٚے تہِ چھُ پے پانس زِ اکھ مژراہ چھ بس

شامہٕ رنگی بۆمبراہ چھ گنگراوان ئلبر

چھُنہٕ عجب آسو تٔمِس مشتھٕے گٔمتی

ماے تٔمی سنٛز ما چھ ژھٹہٕ ناوان ئلبر

بدلہٕ وٕنی حالات ڈیشتھ چھُس دپان

زوٗنہٕ پچھ ککون چھ پھرٕکہٕ ناوان ئلبر

ییٚلہِ ووٗں تیٚلہِ لولس پیٚیکھ کرنِی قدر

أسی تہِ چھنہ صحراو سگہ ناوان ئلبر

انظرٓاہ سرتل چھِ سرتل سۆن چھُ سۆن

لولہٕ رٔستمن چھُکھ ژٕ پرکھاوان ئلبر





نۆوٗے پأغام باوان واو سونتک

تۂ جامن چاک دیٚاوان واو سونتک

گۄچھِن پوشن ونن منز چانہ باپتھ

وتو پیٹھۍ از تہ تھاوان واو سونتک

چھنائین تیر کھلہٕ ہتھ سالہٕ پہلمن

نیٖن نیرمن سجاوان واو سونتک

چھہ ووشلیٚومت سبٹھاہ ہرکھ تمِس ما

زٕتِس پۆت کال پاوان واو سونتک

زکس تل چھُے بُستھ نٕنٛدٕ بون شہراہ

پزر وولرس چھُ بھاوان واو سونتک

وُٹھس پیٹھ چھس اُسن پۆز چشمہ پُر نم

دلیلا بوزناوان واو سونتک

بدن رتہٕ ئری دلس منز توتہٕ انظر

شہر نوی نوی بساوان واو سونتک





مےٚ زردی پھیرمژ لأوِس شبابس
پزِی دِیوٚن چاکھ ووٗنی پانے نقابس
کتھن چانئن وتن چانئن فدا چھُس
وُں ژئے تعبیر باسان کُنہِ تہِ خوابس
خبر کینژھا تہ اٗسن قاصداوَن
کمی رژھ کھنڈ تہ گرژھ میانس عذابس
چھُ آمُت واو سونتک تمی سٗندی کنِز
توے مژراہ تُلان دِلہِ بِکس ربابَس
گلن ہنز گل رخن ہنز کتھ چھ جاٗری
یہ کتھ شاٗمل پھوان کرنِی نصابس
نشاطن شالمارن پھیرِ ہو پوٚز
بہ لوٚگمت لولہ نیالیس اضطرابس
کنُے بتھ تے کنُی زیو یتہِ چھ لوکن
بہ نظرِ کم وُچھان یمہ ماہتابس
پرُٚژھان انظرٓ وُچھم داوس تہ کاوس
سہٗ پراران راتھ دوہ چاٗنِس جوابس



یا تہٕ چوٗنے اُسن دِلس ویہ وُن

نتہٕ گلابک پھوُلن دِلس وَیہ وُن

اُلی زالان چھنا سا نتہ ہے اوس

وُزملن ہوٚند نژُن دِلس ویہ وُن

وبتھ چھ سوُرے وچھان دٔچھنہٕ کھوٲری

چُھنہٕ کیہنٛی اسہٕ وُن دِلس ویہ وُن

ہے کھہن منز یہ دانیہ چھا کینہٕ سوٚن

ماہ رُخن ہوٚند لوٚنن دِلس ویہ وُن

چانہ گامک مہے پے پتاہ ونہِ کُس

سارِنے ما پرٛژھُن دِلس ویہ وُن

ریہہ ؤتِھن لیس وُں لتس مگر انظر

پوٚز بُتھِس پیٹھ وُنن دِلس ویہ وُن



# زٕٹُکھ

مہے تنہائی اندر چھُم جان جاناں رودمُت باساں

تِمِس نش وأتیِ تھے زنہٕ چھُم پٔژن پان روومُت باساں

وُچھِتھ بے عار حُسنس کُن دِلک موصوم کستُواره

گبوان یبلہ سینہ پنجرس منز چھُ زو جان رودمُت باساں





چشمہٕ ووتھراوان وَتن یارس بہٕ چھُس

ہاے لوٚگمُت توٚندرٕ کِس نارس بہٕ چھُس

کانہہ تہِ امکانٕے نہ تُمٕ ہِندِ واتہٕ ٹُک

اِنتظارس تو تہِ بے عارس بے چھُس





ژےٚ کُن وُچھتھۓ ڈلان ہوشو سری از
یِنے بازر ژٕ نیرکھ شہہ پری از
چھہ واوس صبحہ کِس تأثیر چونُے
ہیچھان ژبے نِش یمبرزل دِل بری از
ویسن منز باگ آرس پیٹھ مےٚ وُچھمکھ
ژٕ آسٔکھ زنتہٕ باسان زل پری از
مےٚ کتھ منز لوٚب نہ پرتو چانہٕ حُسنک
وُزان پوٚت ژھایہ چانے شاعری از
خیالن ہُند شہر روشن کران چھکھ
تہ ووزلی پوش میٚتہٕ ارپن کرِی از
کوے زبو پیٹھ انان چھکھ روشنٔچ کتھ
ینۓ اتھہٕ شر گرٔژھی عاشق مری از
چھہٕ دُر داںٔچ قدر سرِنۓ اما پوٚز
حسن انظؔر ژبے شعرن منز جری از





"کبھی کبھی میرے دل میں خیال آتا ہے.........."

بہٕ دٕھن چھہِ کأژاہ کران خوش کنن ٹھہر تامتھ

ژٕ چھکھ قرار ژ پھولہٕ وُن چمن ٹھہر تامتھ
ژےٚ چھےٚ زمانہٕ وُنکین آیتن ٹھہر تامتھ

مُدے گنڈِتھ بہٕ وُچھے دون وُٹھن ٹھہر تامتھ
ژے چھی گلاب پھولان اَز کتھن ٹھہر تامتھ

چھُسے وُچھان بہ نوّے عالماہ یمن اندر
بہٕ دل نثار کرے دون اچھن ٹھہر تامتھ

چھہُ سوننہ داو چھکان پوش زنہٕ نین نیربن
مےٚ شہلتھاہ چھہِ پیوان ہاوسن ٹھہر تامتھ

چھما نقابۂ ورأیی روا پکُن یتھۂ ئُنز
بچارٕ کأتیاہ بشر ئلو ڈلن ٹھہر تامتھ

لبکھان بیاض بہ لوٗئچ چھُسے ژٕ دِس نظراہ
ہُشارٕ دل تہٕ خبر ما پرن ٹھہر تامتھ

امارٕ چانہ محل کیُتھ یہٕ خواب زارن منٛز
بنوومُت چھُ حسن انظرنٓ ٹھہر تامتھ



# نُندِ بون گلاباہ سۆے

پھۆجمٕژ چھِ گلابہٕ تھٲراہ
اتھ شوٗبہِ کرُن واہ واہ
کیٛنہہ پھۆلۍمتۍ کیٛنہہ اڑٕ پھۆلۍ
مُشکاہ چھِ زبر کوتاہ!
مست کۆرنس اَمِکۍ مُشکن
دِل میون تہِ زنہٕ پوشاہ
اتھہٕ دونۆے ووتھۍ پانے
زبو دراو میے دعایہ خٲراہ
"پھۆلہ وُن یہ چمن روزِن
اسہِ وبڑھۍ تن دوہے چھاون
یۆت زانہہ مہٕ ہرُد واُتِن

یۆت زانٛہہ مۂ ہرُد وأتِن"
برونہہ کُن پۆز یام پۆکُس
پأتۍ کِنۍ گیہ پھسراياہ
گُس تام ژٹان ڈیوٚٹھم
نُنٛدٕ بون گلاباہ سُوٚے
یتھ آے مےٚ وونۍ کانٛچھوو
تٔمۍ وُچھ نہ مےٚ کُن شاید
تٔمۍ بوزنٕہ ووش شاید





چھکراوان اوس خوشبو پانہٕ سحر وقتس
قسمتہ والبو ٔبرٕی دامانہٕ سحر وقتس
اوش یِبلہِ کھوت عرشس کُن اِدٕ ماتاَرے ئُج
نورٕچ ژادَروژھ اسمانہٕ سحر وقتس
کیاہ تام اوُسن روٕئلی لبہِ تھوٗمت لیکھِتھ
اوش گنڈٕ یِتھ ٔنہنوٗن پانہٕ سحر وقتس
بدئے کیاہ تام سوچِتھ تازہ گلابن از
دُن سورٗے لوٕہوٚت دامانہٕ سحر وقتس
وُنلہِ اندر چھُم شوقٕے ووٗنی دم پھُٹےٚ گوٚمُت
ہاوُم پھولہِ وٗن روے جانانہٕ سحر وقتس
ژونگ دِلُک تھووٗم دزِ وٗن راتس انتظر
یِتھہٕ تِتھہٕ اند ووتُم افسانہٕ سحر وقتس





بیہ سٕمِتھ غزلاہ گیوٚو بیہ لول ورتاوو متیوٚ

سونتہٕ واوس ٲتِج نیرو باغ پھلراوو متیوٚ

تھاو روشُن تراو پتھ گُن ژوک موٚدُر سمیک سوُرے

بیہ نشاطن شالمارن ہیٚژ پھُلے چھاوو متیوٚ

زندٕگی پھِرِ پھِرِ یواں چھا اتھ سا پٕز قدرٕ ے کرٕنی

لولہ مس نارہو نٹو ووتھ سارِنے چاوو متیوٚ

اتھ نبس چھُنہ تھر بُتھے کانہہ اوٚسمُت از تام زانہہ

موٚت دپان ووتھ خوٚنہٕ ٲتین وٲر سگہ ناوو متیوٚ

زاگہِ چمنس سأنسے گگرایہ وزملہٕ ڈوٚٹھ ترٹھ!

وولہٕ سا وٲراناہ بساوو نیاے انژراوو متیوٚ

کُنہ رٔکس یتھ سکہ ڈلس منز کس سناہ انٛظر ونان

وولہ ہژر تراوو تہٕ جگرٕکی داغ اسہٕ ناوو متیوٚ



# زٹنہٕ آمتیٚ نیم کُلۍ وون

ترجمہ ـــــ مۆل شاعر: پنا منوہرن

بلہٕ چھُکھ ژٚوٚمُت
وُسوار تہ گوٚن شہجار دِوُن
سُوے نیم کُلاہ یوسہٕ اوس کھڑا
ترٚہ وٲنس پیٹھ پنہٕ نس گامس منٛز

ہے نبتھ نوٚن تانو کوٚڈُمت أمۍ سُند پان وُچھو
کِتھہٕ کٔنۍ سنگدِل انسانن پیٹھ
افسوس تہ واویلا وُنۍ کران
مے چھِ أمۍ سُند حال وُچھِتھ أندری سخ وأنج ژھۄنان
زنہٕ راون ببہٕ ہوٚند حال وُچھِتھ ہے بنگہ گوٚمُت
ہے کیاہ سأمانو شاشتر تے اخلاقکۍ درسٕ

سأری چھا بس انسانن کرٕئے
کیاہ کلین بچأربن چھُنا کنٕہۍ حق انصافک

پتھ کالہِ دپان

اکھ شہزاداہ اوس درامُت شأہی ٹانگس منٛز
وتہِ آو ووٚڑھاہ اکھ ٹانگس تل
اِد گایہ موٚنگۍ ڈنڈ بادشہس
وُچھ پرأنی کتھاہ کیاہ نِمک کل پاوان چھہِ ژٕتبس۔
مےٚ ہیۆٚزأے کرٕنی ہمدردی موٚکھے
مظلوم کلس پرٕژھ گأراہ ہش
پوز کس تٔمی سُند ہے اوس بدن رتہٕ دأوی سوٚرُے
تٔمی سُند ہے اکھ اکھ تان اوس باسان باکہ ژٕتان
تٔمی سورُے ژٕینتھ لوگ وٕنُن
تاپس منٛز ہا اوسُس بہ لگن شہجار دِوان
پوٚز شامہٕ کہِ وقتہٕ مےٚ أسم کاو تہٕ راتہٕ موغل
ہنگہٕ منگہٕ تِتھ سأرِی ولنہٕ یِوان
چکہٕ رارے کران تے شور ٹلان

بس تِتھی پٔتھ لوگٕکھ آراہ گوڈس
ٹکہٕ ٹۄک کۄرہم

بہ ہسکُس نہٕ دٕرِتھ تہ ہرٛوم ژٲلُن
پۄز تمی دِیۄتنم آلو تہ پرٛوژھُن
''انسان چھا کم کربکہٕ ناد کران
تِمہٕ تے چھِ لاوڈ سپیکر لٲگتھ بستی منٛز
ہیۄر وَہراوان' لگھ سۄمبراوان
اِد تمن تہٕ چھا کانٛہہ ژٹنہٕ یِوان یا ژلہٕ ناوان
وونٛدٕ دٔزھی مٔنٛز گُلی سنٛز کتھ بۄزِتھ پانے ژوٗنُم
ہے ژبکہ ہے ہیمک گُل پرٛژھہٕ گٲراہ مے چھِ کران
رسہٕ کسِرِ گرٛشھان وُچھنس تہٕ وونُن
ووتھ نیر ژٕ گرٛژھ وونی ییہ زِ پگاہ
زنہٕ رام چنٛدر سورُے جنگ زینتھ
راو نس دوہ کھنڈ مہلت دِوان



(یومِ جمہوریہ کس سِلسِلس منٛز قومی مشاعرٕ خاطرٕ ترجمہ-26 رجنوری 2010ء)

نوٹ:-

ا۔راونہ سنٛز بیٚنہِ سرپنا کھہ۔''رامائن'' چھِ ونان زِ سرپنا کھاہ (Sarpanakha) اُسۍ راونس بیٚنہِ یوٚسہٕ لنکا پوری ہُند راز اوس۔رام جی ین یوسہٕ ایودھیا ہک شہزادہ اوس ڈوٗنٹ سرپناہ کھاہِ تہٕ رام جی سنٛدی بھائے لکھشمنن کرُس رعب۔سرپنا کھاہ گیہ تتھی حالتس منٛز راونس نِشہ تہٕ ہبوت ہس زنانہٕ اغوا کرِتھ بدلہٕ۔

۲۔ مانو یوسہ ''مانوشاستر'' کتابہ خاطر مشہور چھِ۔

چولا خاندان کس ''مانو نیٖتھی چلن'' بادشاہس متعلق چھِ ونہ یوان زِ سُہ اوس بڑ عادِل تہٕ اِنصاف پرور۔ تٔمی سنٛدی نیچوٗ (شہزادن) اوس شاہی سوارِ تل اکھ ووژھ ژھُنہٕ مُت تہٕ ؤژھی سُند ڈنڈ موٗنگ تٔمی سنٛد گاؤ ماجہِ/ بادشاہن دِیوت ڈنڈ یعنی انصاف کرنہٕ باپت آو تٔمی سُند شہزادہ تہ شاہی سوارِ تل ژھنِتھ مارنہٕ۔

# سُے کل چھ پھبان مۄل یتھ آسن زمینس منز

پیر حسن انظرؔ صأب چھ اُردُوہس ءتہ ءتہ پننہِ ماجہ زبوِ کأشرِس منز تہِ شعرونان تہ یمہ چھ وۄنی کأشرِ شعرِ سۄمبرن ہیتھ بازرنیرنکھ سٕنز کران۔ شأعری چھ اکھ ہمہ وقتی سرگرمی تہ یہ چھ یک سُوئی منگان۔ بہ چھس کرِیمانہ کڑان زِ انظرؔ صأبِ کتھہِ کٕنی رُود مصروف ترین سرکأری نوکری منز تہِ پننین جذبن تہ احساسن اظہارک جامہ ولان گرا اُردُوہس منز تہ گرا کأشرِس منز۔ زیرِ نظر کأشر شعرِ سۄمبرنہ برونٹھ چھ اہنز اکھ اردو شعرِ سۄمبرن ''صبا صورت'' نأوی تہِ چھاپ سپز مژ۔

یتھ شعرِ سۄمبرنہِ منز چھ مناجات، نعت، کینہہ نظمہ تہ غزل شأمل کرنہ ءمتی۔ یوتاں اہندِ غزل گوئی ہُند تعلق چھ اہندِ اظہارکی مول چھ پننہِ زمینہ منز پیوست۔ یوتاں اہندِ لہجک تعلق چھ سُہ چھ میوٚٹھ تہ مۄدُر۔ سُہ چھُنہ سخت تہ کرخت۔ یم چھ روایتس نش کُنہِ کُنہِ انحراف کران مگر مُلہ تلہ چھ روایتکی پاس دار شأعر۔ روایتک پاس دار آسنک مطلب گونہ ہرگز زِ یم چھ تمنے رومانی تہ

صوفیانہ موضوعن لل کھۄل کران یم سانٮ۪ن پیش رو شاعرن ہندی موضوع
اٲسی۔

انؔظر صأب چھ پننہ اندی پکھ چہ زندگی منزٕ پننی موضوعات اخذ
کران۔ موجودہ خوں آشام دورُک عکس تہ چھ یہنٛز شاعری منز ژھایہ گتی
کران۔

رێشہ وأرکتھ کٔنی محشرک مأدان بنٔے مژ
انؔظر دپان بلی زاے یتھ خلد برینس منز

مےٚ چھ وۄمید زِ یہ مجموعہ کلام کرِ پرنہٕ پأٹھی تہ کٔمن ادبی حلقن منز
پزیرأیی حأصل۔

رفیق راز
باغات
۱۰ مئی ۲۰۱۴ء

# تجزیہ

پرٛ حسن انظؔر چھِ کأشرس ستی ستی اُردو زبأنی منٛز تہٕ شأعری کران تہٕ یہنٛدی اکہِ زبأنی منٛز وننہٕ آمتی شعر چھِ نہٕ بیکہِ زبأنی منٛز وننہٕ آمتین ہنٛدِ ترجمہٕ، چربہٕ یا تکرار۔ یمن چھُ اُردو تہٕ کأشرِ علاوٕ عربی، فارسی تہٕ انگریزی شعر و ادبس پیٹھ نظر تہٕ ستی چھِ یم فلسفکی سنجیدٕ طالبِ علم۔ یہنٛزِ کلہُم شأعری منٛز چھےٚ عموماً تہٕ یہنٛزِ کأشرِ شأعری منٛز چھےٚ خصوصاً شعر و فلسفہٕ کین مختلفہ تہٕ بعضے متضاد شعبن ہنٛدی اثرات ٹاکارٕ پأٹھی درینٛٹھی یوان۔ حسن انظؔر سنٛزِ کأشرِ شأعری منٛز چھُ اڈٕ ندپوٚک کہِ صورتِ حالُک احساس گہےٚ نٔنی پأٹھی تہٕ گہےٚ زیرِ یں لہرِ ہنٛدِس روپس منٛز محسوس سپدان۔ اَتھ مقامیتس منٛز چھُ ماضی لیس پیٹھ فخر تہٕ، حالُک نوحہ تہٕ تہٕ مستقبلس متعلق خدشہٕ تہٕ۔

پرٛ حسن انظؔر سنٛزِ زیرِ نظر کتابہِ ہنٛزن غزلن منٛز موٗجوٗد نادر ردیف تہٕ قأفیہٕ ہکن آسأنی سان پرن وألی سُند توجہ پانس کُن پھرِتھ۔ راست تخاطب تہِ ڈرامائیت چھ یمہِ کتھہِ ہُند ثبوٗت فراہم کران زِ حسن انظؔر چھِ فنہٕ کین

زٲوِ جارن وٲقف ۔ موجوٗد درچہِ غیر مطمئن تہٕ بے معنی زندگی مٔنز چھ پیٚر حسن انظر یقینُک ژونگ ژونگ ہیتھ پٔتُن سفر جٲری تھاوِتھ ۔ یمہِ خاطرٕ ییم پزی شاباشی ہٕندی مستحق چھِ ۔ بقول اقبال ؎

ہر لحظہ نیا طور نئی برق تجلی
اللہ کرے مرحلۂ شوق نہ طو طے



نذیر آزاد

سرینگر ۴ مئی ۲۰۱۴ء

# روزِ کیاہ افتاب کھٹِتھ

پیر حسن انظرؔ چھِ اَکھ رومانی مزاج ہیتھ برونٛہہ کُن یِوان تہٕ کرِتھ حقیقت قبوٗل کرنہٕ بجاے چھ میٹھہِ تخیلہٕ کِنۍ امکانن وہ پدأوِتھ پننۍ آرزو زندٕ تھاوان۔ تِتھٕ کنۍ چھ زندگی ہندِس عذابس دول دِتھ اُلجھنو نِشہِ بچان ۔

- ٹینٛڈی ژٕٹِتھ اَسۍ مینٛڈی کھوان یِہ تام اَسۍ
جعل سأزی پٹھ سبٹھاہ مغرور از
- یٔژ کأڑی مے گامُک میوٹھ مژھیٖل شیٖہجار وُچھم
لوکہٕ چار پٔنُن مزٕ نیٛندرِ گرٛشھان بیدار وُچھم
- صحراون منٛز وتہٕ گتھ تھوٚکُمت توتہِ تِمس
چشمن منٛز خوابن ہنٛز سوزنل موجوٗدٕ ے

انظرؔس چھ اقدارن ہندِ شکست و ریتھُک شدید احساس تہٕ سُہ چھُ انسأنی رشتن واٹھ دِنُک اوپارے ژھانڈان۔ تلخ حقیقژن ہندِس تاپہٕ شہرس منٛز چھ تس احساس تنہائی تہٕ بُچھان تہٕ اَتھ صورتِ حالس منٛز چھس اکوے لولہٕ گے

رشتۂ کارآمد باسان ۔

- بیٚیہٕ بہار آمُت نشاطن شالمارن چائِنۍ درٕۍ
بیٚیہٕ دِوان زیو چائِنۍ کل از لولہٕ شعرن چائِنۍ درٕۍ
- مُدے گُنڈِتھ بہ وُچھے دون وُٹھن ٹھہر تامَتھ
ژے چھی گلاب پھولان اَز کَتھن ٹھہر تامَتھ

تہٕ یِتھین شعرن منز چھ اَنظرنہٕ علامتی انداز ورتاوُنک ول تہِ نظرِ گژھان۔

چھُنہٕ جہازے کاٗنہہ ووتھان
سمکھنس دُشمن وُنل
کمٕی سا پھل پھٔلی ہاوِی تَس
کمٕی سا پچھنس کوٚر یہِ ژھل

پیرحسن اَنظرنہٕ شاعری منز چھِ زٕ علامژ بار بار ووتلان اکھ شہر تہٕ بیاکھ گامِ۔ شہر چھ اکثر انتشارٕچ، اپزِچ، مکاری تہٕ رِشتن ہُنڈ شکست وریخچ علامت ییٚلہِ زن گام زِندگی ہنڈِ حُسنچ، پزٕرچ، بہارٕچ تہٕ لوکہٕ چارٕ علامت بنان چھ۔

چھ شہرس اندر ییس وُں تَس حال یکسان
پھیکین پٹھ پٹُن سر گو بیوٗمت ژے وُچھتھاہ
گامُک گاسہٕ پشاہ چھنہٕ از کل موجوٗدٕے
کِتھ جبن چھنہٕ جایا نظرن تل موجوٗدٕے

پیرحسن انظرؔ چھ پننہِ شاعری منز اظہار کہِ حُسنُک شعور تھاوان۔ سُہ چھ زبأنی تخلیقی سوٗتھرِس پیٹھ ورتاونُک ہُنر بڑٕ اصل پأٹھۍ زانان تو ے چھُ ونان۔

ناگہٕ جوین دِل نِوان اظہار میون
پوشہِ نۆلاہ یِیلہِ گِوان کانٛہہ شعر میون



اسمٰعیل آشناؔ

بنڈٕپور۔ ۲؍مئی ۲۰۱۴ء



پیرحسن انظرؔ صاأب چھ اردُوہس ءستی ءستی پننہِ ماجہِ زبوِ کأشرِس منٛز تہِ شعر ونان تہٕ یمہ چھ ووٚنی کأشرشعرٕ سوٚمبرن ہیتھ بازرنیر نکھ سنٛز کران۔ شأعری چھ اکھ ہمہ وقتی سرگرمی تہٕ یہ چھ یک سُوئی منگان۔ بہ چھُس کرِ یمانہ کڑان زِ انظرؔ صاأبِ کتھہٕ کنٛز روٗ دمصروف ترین سرکأری نوکری منٛز تہِ پننین جذبن تہٕ احسا[illegible] جامہ ولان گرااردُوہس منٛز تہٕ گراکأشرس منٛز۔

یوتاں اہندِ غزل گوئی ہُند تعلق چھ اہندِ اظہارکی مول [illegible] پیوست۔ یوتاں اہندِ لہجک تعلق چھ سُہ چھ میوٚٹھ تہ موٚ دُر۔ سُہ چھُنہ [illegible] تہ کرخت۔ یم چھ روایتس نش کُنہ کُنہِ انحراف کران مگر مُلہ تلہ چھ روایتکی پاس دار شأعر۔ یمہ چھ پننہ اندی پکی چہ زندگی منٛزے پننی موضوعات اخذ کران۔ موجودہ خوں آشام دورُک عکس تہ چھ یہنٛز شأعری منٛز ژھایہ گتی کران۔

رفیق راز

# انظر پبلی کیشنز بمنہ سرینگر

شالیمار آرٹ پریس سرینگر
Ph.:0194-2474972